کِتابِہ ہُنٛد ناو . ڈیوٚٹھ نابر

ؤری 2001

مُصَنِف کاشی ناتھ باعوان

موٗل

کاتِب بدری ناتھ اِبھلاش

سرورُق پی ۔ اہل ۔ سدلشی

چھاپ خانہ

کِتاب میلنک پتہ

۱، ناگراد ادبی سنگم جموں

۲، کاشی ناتھ باعوان معرفت آر ۔ کے رینہ ایڈوکیٹ ہائی کورٹ جموں
مستقِل پیرچ مٹھی جموں ۔

# زان

شری کاشی ناتھ باغوان چھِنہٕ موٗحتاجِ تعارُف ۔ یم چھِہ سارِنٕے کاشرِن وٕزی۔
کٔشیرِ ہنٛدِس پُر فضا قصبس منٛز پرٕھن وول باغوان صاب روٗد محکمہ ایجوکیشن
منٛز وۄستادن پرناوِنہٕ اہم کام انجام دِوان ۔ بحیثت وۄستاد تہٕ بُزرگ شاعر
چھِ یم پنُن مایہ بوزُت یا انعام برابر دِوان روٗدی رٔتی ۔
اننت ناگُک اوٗند پۄک ، اتھ کین ناگن ہُنٛد نرمل پونی ، بالن
ہُنٛد اہنجر چھُ اتھ شہرس ماری منٛدیت بخشان روٗدمُت ۔ امبر ناتھ ، پہلگام ،
اَچھہ وَل ، کوکرناگ تہٕ ویرناگ ہوی صحت بخش مُقام چھِنہٕ اننت ناگہٕ کی یوت
بلکہ عالمی شُہرتکی مالِک ۔
اُتھی سۄندرتہٕ خوشبویہ بٔرِتھ ماحولس منٛز چھِہ شاعری وۄپدان

تہٕ رَتھِ کھسان - محمود گامی، رٕسُل میر پرمانند تہٕ کرشن راز دان
چھہ اُمی ماحولکی گاشِری -

باغوان صابس پیوٚ اَز باہ وٕری بروٚنٛہہ کشیٖر ہنٛدِ بے
پناہ تہٕ مشہورِ عالم زلزلٕ منٛز گر بار تراوِتھ اَنہِ گیلہٕ ژلُن - یہ
اوس ہتھنٛدِ خاطرٕ اکھ سوٚن عذاب تہٕ اکھ سوٚدگ یُس مُشراوُن
ناممکن چھہ - قدرت کِس حسین گگہٕ منٛزلِس منٛز روزن وول باغوان
لوٗگ چھمبن تہٕ چھارَن تہٕ کاشرِن ہنٛد کشیٖرٕ نبر چھلہٕ چھانگرِ گرٕ تھن
رٕود ہِمن وآلِتھ کوٗران - تُھٹی ہِنٛز تاوٕ ڈُکرٕ منٛز بیٚیلہِ تَس ناگہ بلکہ
سنگیت، یُری یہٕ ڈلون تہٕ نرمل پوٗنی یاد آسہ پیوان تس کُس لُون
آسہ ژہتہٕ وُترس پیوان تہٕ ہِکہِ اکھ حساس دِل شاعرے زانِتھ -

باغوان صابس آس انسان دوٗستی اَزلے باگہٕ آمٕژ
ہِتھنٛدِ گرٕ آسہ شاعرٕ محفلہٕ لگان - شاعرن، ادیبن تہٕ سماجی کارکُنن
اوس تِتھنٛدِ گرٕ آیت - باغوان صابن سورے پرلوار اوس یِہنٛدِ سواگتہٕ
تہٕ رننٛز ناوٕ تہٕ موکھ ہرہمیشہ کمربستہ آسان -

باغوان صابن لیچھِ لیلایہ، غزلہٕ تہٕ سماجی نظمہٕ -
شارِکا دِیا، نالۂ دِل، اَچھر گونٛدی بیٚیٚر شاعرٕ سوبرنٛی چھے تمو
چھاپ کرِمٕژ - کینٛہہ وٕری ووٚت ہِمن کانگڑاہس منٛز یِتہٕ تِہنٛد

جرنلسٹ صاحبزادٕ شری اشوک رینہ روزان چھُ، بھاگونس کوشر جامہٕ ولان - اردہٕ ساس شارن شاعری منز کاشراوُن چھَنہٕ سہل کتھ - یہ کتاب چھِ ونہٕ چھاپس کھسنے - تہٕ تم چھِ یہ کام اندوانناوٕنہٕ موکھ کمر لیتہٕ

"ٹیوبھ نایلہ" چھ سہ دگ باوان یوسہ پنُن وطن تراونہٕ موکھ شاعرس گتہٕ گیوٚر تلان چھِ - امہ منز چھِ غزلہٕ، لیلا یہٕ تہٕ کاشرٕ بٹن ہندہٕ سماجی لوسوٚرن پیٹھ نظمہ شامِل کرنہٕ آمٕژ - شرہٕ ہٕنز پیروٚی ناو، پرلوارن ہُند چھٹُن، لوٚہٕ سماجی بدعتن ہُند لوٚوُن چھُ یہُند موضوع -

باغوان صاحب رٔودی دوٗردرشن، ریڈیو تہٕ باقٕے تمدنی ادارن ہندہٕ پروگرامن منز از تام برابر حِصہ لِوان - یہُہٕنز اکھ لیلا چھِ مندرن کھانُرن تہٕ شادہٕ منز اکثر گیونہٕ یوان سے

گینوٚت چھم منس پیوٚن بھاو
زگیتھ ماتا میہ درشُن ناو

میہ چھ وومید زِ یہُنٕز شاعری ہُند فن لبہِ جہارتہٕ کاشرِ زبٲنۍ ہنٕز خدمت روزِ ہمیشہ یاد -

ارجن دیو مجبور
اُودھم پور

# میانٛ سمٕرن

کأشی ناتھ باعوان چھُ بنیأدی شکھتی متس ہیتھ لوے تھوے

تھاوان ۔ یہِ چھُ ووندٕ کٕین ناگٕ رادن منٛزٕ سٕے سورو پ دیدٕ مان

لبان یتھ کرمہٕ یوٚگی شأعر احد زرگر چھُ ونان ۔ ع

زالُن چراغ از رقص واو

پالُن نفس تن من جلاو

نالُن چھُ بنیہِ پٕرٕ ہوش باش

گاہ دیدٕ گاہے گوش باش

یہ چھُ سادنایہ ہنٛزِ ہیرِ کھسنہٕ نکُ منٛتھر ۔ یہ چھُ خود سپردگی ہُنٛد

احساس لیُس تخلیقی باوتھ کأری ہُنٛد گوڑنیُک منٛزِل چھُ مانتہٕ آمُت

کشیرِ ہُنٛد مہان شیو فلاسفر تہٕ شأعر ممٹ آچار یہ چھُ

ڈھنی مت مانن والین بیٹھ سخ تنقید کران تہٕ ونان زِ شار
لیُس نہٕ ووندِ کِہ زنزمہٕ منٛزٕ زاین لبہ سُہ گوٚنہٕ شار۔ بلکہ وقت
راوٕ راوُن۔ باعوان صاب نِہ چھُ یمہٕ نِے بیمانن منٛز ہمسہٕ گتھ پراونگ
معرفتہ مس گلہِ گلہِ چیوان۔ یہ چھُ وآلنٛہٕ ہنٛدِس اُتھی سادھنایہ
ہندِس مرکز چکرس گتھ کران تہٕ کتھ باوان۔ سیر حق للہٕ وان۔

مگر کُنہِ سانہٕ بیٚیلہِ فراغت ہیٚش لبان چھُ یہ چھُ پالس
اَندی اَندی نظر ترٛاوان پنٕنہِ ماحول وُچھان۔ سمہٕ جکی اَندرٕ ڈیچھِس
نظرِ گژھان نہٕ بے وایہ چھُس کرکھ زلان نیرِتھ۔

وُچھی ماجی وُچھی ماجی تہٕ موٹر
وُچھی چمکان چھ اتھ کیاہ شیشہِ تے بر۔
یہ چھے دلیوٚتمت یمن پننی خودایہ
وُچھی سائنس خودایس مابران فر۔

حساس شاعر چھُ یژھ کُنہِ نابرابری تہٕ استحالہٕ سیتی متاثر گژھان
اَمِس چھُ سپیس کالس نارٕ تینگل وتھراُدمتھ آسان یوتانی یہ اتھ
اظہار دِیہ۔ ٹیوٹھ نابرٕ تہٕ چھ یمہٕ نِے نارٕ تینگلن ہنٛزٕ اظہاری عمل۔
قلم کار چھُ وارہ حدس تام بننہٕ پنٕن دم پھُٹہ احساس زلو دِلنی

مشٕترِ کامیاب سپدُٕت ۔ مےٚ چھ ووٚمیدزِ یہِ تخلیق یوٚس ساٲنِ بزرگ تہٕ صاحبِ نظر ادیب باعنوان مأ بن تحریر چھِ کرُمژٕ لبہِ ادبی تأریخس منٛز پنُن مُقام ۔

شُبہٕ چینتک

موٚہن لال آش

# گوڑ کتھ

اولہٕ پیٹھے چھ اِنسانس یہ خاہش روزمرہ زِ بہٕ باوہٕ پننہٕ وندِ بیہن تہٕ تمسٕ خیال بوزٕ ہا یانہٕ۔ کلی تہٕ زٕری چھ یہِ خاہش اکھ اکِس نِش اِشارو ستی پوٗرٕ کران۔ یہے وجہ چھُ زِ اِنسانن دیت آوازن مانے تہٕ گوڑ لفظ تمِ پتہٕ آیہ زبان اگ اگ جاین بیون بیون رنگہٕ بارسس۔

اندی یکھی چھِ وٕزِ وٕزِ تیتھی کینہہ واقات سپدان یِم اِنسانہٕ ہندِس دِلس پیٹھ چھ سدِ سیود اثر ترٛاوان کینہہ چھِ دِلس پٔریان تہٕ کینہہ چھ منس چھوکہٕ داوٕر کران۔ اِنسان چھُ یِژھان یِم بھاو اظہار کرٕنی۔ اظہار کرنکہِ طریقہٕ چھِ پرٛتھ کانٛسہ بیون بیون۔ ٹیوٹھ نابدتہٕ چھُ پیٹھنے خیالس ہیٚنز باوتھ ہے پننہِ طریقہ کرٕمٕژ۔

نابد چھُ مدُرتہٕ ٹیٹھ کتہِ آواتھ۔ اتھ کتھ چھُس بہٕ ہنا واش یِژھان کرٕن۔

سانہِ سماجی سیاسی تہٕ اقتصادی زندگی منٛز چھِ کینہہ بِدتھ شامل گامتہٕ۔ یِم زن گوڑٕ گوڑٕ مودٕری چھِ باسان تہٕ آخرس پیٹھ پننہٕ ٹیٹھ باوان۔ مثلن جہیز یا رشوت ہینہٕ وألِس چھُ باسان زِ ہے روٗٹ نابد لوٗٹ۔ مگر کینہہ کال گژھتھ چھُ امیک ٹیٹھ لون نیران تہٕ تمِس چھُ بشن پیوان۔ یتھ موضوع

کتابہِ منٛز چھُ مےٚ یِمن پدن کُن نظمن یا غزلن منٛز ٹاکارٕ پٲٹھۍ باوتھ
کرٕنۍ یا لوتہِ پٲٹھۍ اِشارٕ کوٚرمُت یِمہِ کِنۍ اتھ بیٛوٹھ نابد ناو پیو۔
میانِہ یہِ باوتھ کیٛتھ پاسہِ توٚہۍ سُہ چھُ توٚہۍ تام مےٚ اُس کوٗشِش
کرٕنۍ زِ توٚہۍ تام گوژھہ میون خیال واتُن تہٕ سیدٕ لیو بۄزِ۔ اتھ منٛز کوٚسہٕ خامی
یا خوٗبی چھِ تمیُک حساب کریوٗ توٚہۍ پانے۔

کے۔ این۔ باغوان

## باغوان سأبنہٕ ناوٕ

مے آسیہٕ شوقہٕ ستنین کتاب باغوانس
مے چھم آش آہی لوٕبہٕ دِیہِ مے پانس

رٕتنی ہُنٛد چھُ دُیت دِیٚن ہیوان بگوالس
کہاوتھ چھِ بیتہٕ وتھ یہے مشٕر جہالس

تھوان لول شیرِتھ چھُ مشٕر لولہٕ بالس
وچھس مشٕر بہنِتھ گُلؔ توٚے گُلدالس

ربھان مدٕریہِ مشٕر مول چھُنا سنتالس
رٕنھتے کِنی مے وینٛدزیم ژٕ ہیکل نادالس

ژٕ مے چھے ثیاگٕی درمے پینہٕ غلط معنی ژارکھ
سبٹا یاچھ ہینٛنی ژٕ لُوٕی پینہٕ مے کھارکھ

بی۔این۔ابھلاش

# فہرِس

# فقیر کوٗر

۱

○

وُچھی مأجی تماشا از یپأری
چھ بین باجے بجاوان از ژوپأری
مشالہو گٲسہٕ گاشن تاپھ زن ترٛوو
نبک افتابہٕ تابان از یپأری

○

وُچھی نارٕ لورِ اسمانس چھ کھاران
طلابے زوٗنہٕ زن بوٗن کُن چھ چاران
ژٕ بوز بنگولہٕ ترٛٹہٕ گگرایہٕ ترٛہران
پھٹان چھم دِل کنن زن لورِ تاران

○

وُچھی مأجی وُچھی مأجی ژٕ موٹر
وُچھی چمکان چھ کیا اتھ شیشہٕ تے بر
یہ چھے ڈٲیمٹ یمن بینی خوداین
وُچھی سأئنس خوداییں ما جُران خر

○

○

ژٕ بوز مأجی گرٕ ھان چھے نا ژٕے کنہٕ وان

دُ چھی ہیتہٕ موٗٹرٕن چھی وِگنہِ ونہٕ وان

رسُوٗل میرن تہٕ مہجوٗرن یہِ تقبوٗلہٕ مُت

دِلوٗ منٛز کھاٗری بھے زیٛوِ ہیتی لہٕ وان

○

مُہٕ ٹھم تکرار تم یم دوکھ دِوان آسی

مُہٕ ٹھم بوٗ چھِ بوٗکی مے جِگرس یم کھنان آسی

مُشِتھ گیہِ خاجہِ ہٕنٛزِ یمہِ یمہٕ چھارٕ یہٕ

مُہٕ ٹھم تم اتھ ژٕ یم اسہِ دکہٕ دِوان آسی

○

لگے ھاٗری کتھن چھاہن لگے بو

یمن کھوٗرن اتھن چھاہن لگے بو

پھُٹ اسہِ از سال ہِیہٕ ندِرس کو چھے منٛز

ووتھی کوری وتن چھاہن لگے بو

○

مُہٕنک کیاہ مأج یلوان ینیتہِ وازٕ وایِخ

چھکھے بوزان آواز ترامہٕ بایِخ

یکھنہٕ گوشتابہٕ والیو ژیر گو ووٕنی

ژٕ بوز آواز مأج دلوانٕ خایِخ

بِچِھم لبہٕ چھِ مآج ووٚنی دِتہٕ کرٕکھ تہٕ زورے
بہِجِق وآلِنج گرٕشھان چھم ما بہٕ سورے
یِمو کھیٚو ونرٕنہٕ پیٚھٹھ ترٕیہِ لِٹہٕ وُنیکھ تام
وَنکھ کُنہٕ کورِ چھُم مےٚ فاقہٕ کورَے

دِلو سآے طرفِہِ اللہ اسِہِ تہِ دانا
کرٕو سآے حج لدِو سآے کعبہٕ خانا
سوٚیتِیمَ کوٚر بینہنی عوٚر شیآنی
جِگر ژھیٚون میون مےٚ والنجِہِ آو کانا

ییآری ونہٕ وُن شُیآری سِتار کےٚ ساز
نقار خانس اندر کُس بوزِ آواز
تلِہٕ کرٕکھ یانہٕ دِمہٕ نا زورِ نالے
مےٚ نےَ بوچھِ آسہ مےٚ ژوٚٹھمتٕ ہشیک ساز

دِلو سآے کینہٕ خودارا کینہٕ خودارا
دِلو سآے دانہٕ خوشکِے کانہٕ گذارا
دِلو سآے پاسہٕ تمنہٕ دِلیس چھُم دِنہٕ وول
جگر کھونٹھ چھُم پیتھر وُچھتو خودارا

○

وُچھو فِقرانہٕ کوتاہ لوگ بکواس
تلہٕ حشن ممہ صاب پھِری لوس ہُبتہٕ نہٕ کھینہٕ ژران
فُقیرتےٚ ہۄنٛز انان اسہ گِہہ چھ کوچےٚ
چھُ زن ہۄنہٕن فقیرن پٕرون اتھٕ واس

○

دَلیُس ژھو پہ کرتہٕ ہۄنہٕن لوٗر ہہتہٕ روز
کھُینِس ینیتہٕ وٚول تہٕ پیتہٕ یلوٚز باخودا بوز
ھرٚیومُت ترامہِ تےٚ منشر باُگراوَو
ہنا ہۄنہٕن ہنا ژینتہِ بپرار آتی روز

○

یِہ مأجی خودا سون اسہِ بہمقرِ ساوان
بِہنٛدُ اللہ یِمن چھےٚ شوٗب ہٕشاوان
کُنےٚ اللہ اگر تنبیلہِ کیاہ یِہ دوگنیاہ
اکِس ھوٗنا اکِس اِنسان بناوان

○

ژےٚ چھےٚ باغوانہٕ نہیتس ژوٗر ژامُت
ژےٚ چھےٚ نا کرٛور طمہک پلوٗرِ امُت
خودا چھیرِتھ ہیٚیی روزےٚ قیامت
عمل پیأزٕ ویٚزِ ژ ما پھِکھ ژوٗر زامُت




○

ژِھس مٔنز زن سمے بدلیو زٔمین تے آسمان بدلیو
سو یامتھ آیہِ محفلِ مٔنز تۄہ محفلِ ہُنٛد سما بدلیو

○

نہ بدلییہ سوے نہ بدلیو دِل نہ ارمانن مے رٔنگ بدلیو
مے کیتھ بیٚہہ اِنقلاب آمُت چھُ یژھ کیتھ کر زماں بدلیو

○

کفناٚوِتھ تہٕ دفناٚوِتھ مے ارمان کانٛہہ نہِ ما بدلیو
مُرِتھ رٕوُدُس بہٕ سُے یارو فقط میٚونےٚ مکان بدلیو

○

ہفزر یامتھ دِتےٚ سمَن ونے کیٚا کیٚا ترے مٔنز بدلیو
سُہ دِل بدلیو سُہ شرٛہیہِ بدلیو یہِ بروہنٛہ کیٚہ اوس عیاں بدلیو

○

بچھُ اولاد راتھ لُبُس زامُت ونے لنس مٔنز تہِ کیٚا بدلیو
اٚچھن مٔنز آب لتَس بدلیو منس لوٗکُ گماں بدلیو

سپٹھاہ پھُٹِ نُٹ مگراز تام زاہ ما یارِ بل بدلیو
نہ بدلیبہِ جوے نہ بدلیو باغ بدلیو باغُوان بدلیو

○

# مالیُن آم ڈرُے تہٕ زام

○

دیوان خانس ژرام ہے　　زُٹھُڑ ڈرُے یہٕ میٛوٗنُے آم ہے
گیوٚ کھنڈ تہٕ انٛد وٚدٕ جام ہے　　بادام ہے　بادام ہے

○

دوٚ بہٕ ڈراو وآلوِ دوٚتن شیاتن　　زُٹ ژوٚرِ ہغاوِو کُنہٕ یہٕ ثرآتن
زُٹھُڑ ڈرُے تہٕ سیتی چھس زام ہے　　بادام ہے　بادام ہے

○

بابی ژٕ لاگ ووڈٕ چاے جل　　بتہٕ وال تہٕ ناکہٕ لینٛجہٕ ژھُن ژٕ ترل
سرلے ژٕ زلرِ بادام ہے　　بادام ہے　بادام ہے

○

بادام چھُونے کُنہٕ تہٕ لوٗن　　کُنہٕ نیرِ لوٗن میوٗن کھیوٗن نہٕ چوٗن
کیٛاہ گوم روزہم یام ہے　　بادام ہے　بادام ہے

○

ٹرنگن تہٕ تلُی توٚ ٹھانہٕ جل　　پھُٹجن تہٕ ساری تو وارٕ تل
ڈبہٕ نے بہٕ وُچھ توٗنت تام ہے　　بادام ہے　بادام ہے



○

○

کھسہٕ وِنٕ دُنیا دأرِیا    لیس آسہِ نس کر گژِ یہ زاہ
کوٗنٕ آسہِ تے بادام نے    بادام ہےٚ بادام ہےٚ

○

بالیو ژےٚ گوے نازاہٕہٕ کنن    وأرِو چھ کھتہٕ چینٕرس ونن
لل ڈیٛرِنہٕ پیٚتہٕ ہش زام ہےٚ    بادام ہےٚ بادام ہےٚ

○

بالیو ژٕ سایکل شیٖرتا    ہُھنٕ بازرس تام نیرتا
گژھ یِیہِ دوٚدس توٚتام ہےٚ    بادام ہےٚ بادام ہےٚ

○

ہے بیٚنٕنی چھُ ونہٕ نےٚ عأب زن    ہڑتال چھُ بازر غأب زن
چھُسنہٕ ونہٕ پکن از عام ہےٚ    بادام ہےٚ بادام ہےٚ

○

کوٗزُتُ سیٹھا چھُمُ مے یمن    مل بھووُتُ ما چھُم نمن
پرہٕ بھووِ مے کیٛاہ از تام ہےٚ    بادام ہےٚ بادام ہےٚ

○

کیٛاہ گوم کوٗلہِ سوٗرُے یہ گوم    زأم ٹاٹھہٕ کھسہِ مو پوٚرِ بوم
دوٚد آسہِ تے بادام نےٚ    بادام ہےٚ بادام ہےٚ

○

پرتھپنہٕ کونت گیہ چھائی از    دستار ژراو ووڈنی گنڈژ رز
پیٹھ دِتہٕ مے ہٹہِ تلہٕ دام ہے    بادام ہے    بادام ہے

○

ٹاس ہو کرڈے روپیہٕ تالِنیو    خجل ہو بہٕ کرنس مالِنیو
صُبحس مے گو از شام ہے    بادام ہے    بادام ہے

○

موٹرِ اُلوِ لاری اُلوِ    یٔڑہتہ کاٗنہِ ٹانگہٕ واٗلِس وُلو
رُنہِ وارِ بٹہٕ وور تام ہے    بادام ہے    بادام ہے

○

شُرِ باٗژ ووڈنی ٹگی تھلرنے    اوہٕ یور ساٗری لارِنے
ساٗریے گھرِس لج لام ہے    بادام ہے    بادام ہے

○

کِتہِ تام واٗژ بادام موٹھ    تھپہِ تھپ گرِکھ زن آس کوہٹھ
زاٗریٔہ گرِکھ بینون خام ہے    بادام ہے    بادام ہے

○

لوَلی گُڈو دوبہِ ڈراو از    لوَ دجہِ نہِ تاہ مُترِاو از
پیرِ زام یُتھ رامہٕ رام ہے    بادام ہے    بادام ہے



○

○

کمہ نازِ کھور زن وازِ ہتی    دوہ ہیش کرنے رازِ ہتے
رازِ ڈرُے تہٖ رازِ کوُر زام ہے    بادام ہے    بادام ہے

○

دوہ ہٹ چوُرِ زلیوِ ہیتی پھشیتھے    وون زاُم دوہِ کھوس ڈلیشتھے
دوہ چھُم کران زُکام ہے    بادام ہے    بادام ہے

○

گرمی تلُم بادام ہے    کھیتو مُت یہ چھا از تام ہے
زلیوِ پیہ تہٖ ہینو مُت نام ہے    بادام ہے    بادام ہے

○

بمہٖ چاُرِ تھے بینہٖ زاُم ووُن    لوشہ ہیوچھ تہٖ زانہہ سون کھیون تہٖ چوُن
بے ہرتل وناں پھس عام ہے    بادام ہے    بادام ہے

○

باغوان وناں اوس یور کُن    سون قوم چھُ لوُگمت کور کُن
دوہ کھ چھُ امیک انجام ہے    بادام ہے    بادام ہے

○

# غزل

○

کمی بۄ وۄن پھوکہ دآوی گو نوٗ نٕتلی کنو میخانہ میوٗن
پلوز ژٕ بوز لوے پلوش اکھ یارن نہ پھُٹ بیمانہ میوٗن

○

واو صحک شیشہ ماہنن زین بحارہ ڈراو راتھ
نال چمنس وۄل شتر گآنٹو شٹھو اسانہ میوٗن

○

شیشہ پھٹہرتھ واٹھ دِینھم اکھ ننتھ کِنہ نیرزاتھ
داغ سنٕون گوٗمُت گلاس لبس پیتنہٕ افسانہ میوٗن

○

واو طوفان، وُزملن میوٗنےُ چمن کِنہ ٹار کھوت
اۄل کِنہ ڈوٗنتر ھکہ پے وُنتو کیاز زو لکھ خانہ میوٗن

○

کمی گریبان میوٗن ژوٗٹ از کمی حجابس سۄر کوز
لول کِنہ رُسوا کوٗرُن شرمنٕد گو جانانہ میوٗن

○

○

کمُی ڈیکس ذرہ دِژ وُٹھن کُمجار کمُی ساٗ ژوٗرِ نیثوُ
ہایہِ ترژھ کمُی کرٗ دِلس از کمُیٔ یہِ ژھٹرُو وانہٕ میثون

○

بے اثر گییہِ تیر غاٗرن ہنٛدی مےٚ چھُم اللہ گواہ
پننہِ باغچہِ کُنٛڈی نھرِ اترِتھ پُژرُ یارانہٕ میثون

○

ذات کُنہٕ بُتراتِ کُنہٕ خوٗن کُن بُنیاد کُنہٕ
کمُی سنا متٕرس مُترُ بر دِل کوٗرُن دلوانہٕ میثون

○

بے وفاٗیی بے رُخی امارہ بر منٛدِہٕ ننس دزُن
باغوالو ونتہٕ کتھ کتھ پردٕ کرِ وقتی ہٹانہٕ میثون

○



# غزل

ژُھر پوٚت کھورِ کوٚت نیرکھ مے ساٲرے کتھ چھِ وُنہِ باقے
جِگر آرام دِل روٗدُم مگر وُنہِ چاےٚ چھ سنتھ باقے

ونے کٲتیاہ کرِلم منزِل مے وُچھ ہٹہٕ داوی کھور دوشوے
وُمبر سوٚرِتھ وُچھم بروٚنٹہ کُنہ نیشوم ساٲرے چھ ونہ باقے

ژھکہٕ ہوٚت چاو از بینہٕ نِن مہٕ وُچھ پتہٕ بروٚنٹہ ڈُچھن کھوٗر
کری کُس اعتراز ساقی رگن نشر کس چھُ رتھ باقے

دِمے قدمن بہٕ چالِنس گاٹہٕ جارس پیٹھی یارو از
سہر پتہٕ افتیارس بوچھ کوٚرتھ شامن ترے چھتھ باقے

بنِن مینخانہٕ کھوکھرو وُتھ کتھو بتہٕ انکھو پتہٕ ینو
وُسِتھ کُنہ وِزِ بہٕ بنِیہ ساقی کٲشر تام لس چھِ لتھ باقے

زُٹھٕ ہٲنٛزِ باغوانَس ژُیت چھے رانھ بزٕتھ تہٕ بیٚیہ حشمت
ہٲنٛزِ دُسی وُچھتہٕ ییہ کیٛا ووٚزِ چھے نِش ما ووٚزِ چھہٕ کینْہہ باقے




○

مالِنہِس کٔرٕز زن بٔرچِھس تلٕہ موٗرہے　　　بوزِ وٕلیِیے ناو میٛثون بٹہ کوٗرہے

○

ماجہِ رۄزٕس یام گرٕبس منٛزٕ تہٕ بوز　　　بوٛتھٕ ویرے ہیٛوٚت دِلن واٲن بہِ سوز
مہاگنیٚشس سوزِ لٔڑی پوٗرِ پوٗرہے　　　بوزِ وٕلیِیے ناو میٛثون بٹہ کوٗرہے

○

رہِتھ رہِتھ گوٚ آخر ییٚلہِ ہٕفنہٕ ہیٛتیَس　　　ماجہِ زن وونراہ بنِتھ ہیٚتھن پٹیَیس
مأٰلہِ سے گوم ناٲرِ دستار پوٗرہے　　　بوز وٕلیِیے ناو میٛثون بٹہ کوٗرہے

○

دٕہ زٕہچھٕ کوٚر دانٕن ہمسایہِ وٕرے　　　اوٚش ہیٛہنو ترٛووٕ ووش لوٚنہِ ترٛووٕ بایہِ وٕرے
ماجہِ زن آس پوٗرٕ گرمتٕ زوٗرہے　　　بوزِ وٕلیِیے ناو میٛثون بٹہ کوٗرہے

○

کیٛنژھہ دوہ گیہِ باسیہِ سکھ پرٛان بے　　　باشہِ کٔرِ کٔرِ پانٕ ہے وٕہیران یے
ناو کوٗرہم منٛہ کیٛمہ کُنہٕ دوٗرہے　　　بوزِ وٕلیِیے ناو میٛثون بٹہ کوٗرہے

○

مآلۍ ہِنٛدۍ دٛیارِ ماجہ ہُنٛد کھین چین لوٚگُم پننہِ عقلے امتحانن منٛز توٚگُم

پاس گژھی گژھی پوٚز گرہٕ نجویٹ کورٕ ہے بوزِ ٛولیٖیے ناو میٛون بٹہٕ کوٗرہے

○

کوٗر آخر گوٗرۍ گھرِ چھا ؤوتھ بڑان یی دٛیِھ کورٕن چھ سآرے گھرِ کڈان

کینٛہہ چھ نزدیک کینٛہہ لگان اد دورٕ ہے بوزِ ٛولیٖیے ناو میٛون بٹہٕ کوٗرہے

○

یی دٛیِھ میٛون کرمہٕ لون گُگی ژھانڈنے تابہٕ وَزنے رۅٗدِ رب گُگی مانڈنے

چاکھ یادن زٛنگہِ نیے لوکہِ سوٗرہے بوزِ ٛولیٖیے ناو میٛون بٹہٕ کوٗرہے

○

مول میٛون اوس یی ینیچوٗرِ وآلِس ونان ڈالِہ جگرک ٹکرِ چھُسو ژیےٚ انان

پانہٕ ٹکھمی ڈٛکہٕ چھُس پرٕ لوزٕ ہے بوزِ ٛولیٖیے ناو میٛون بٹہٕ کوٗرہے

○

دانہٕ دانے دوٗدِ سگ دِتھ بوٚ سہٕ مے کھآر عقلِہ گرہٕ نجویٹ بھاوِ کینہٕ سیٛود سادٕ یار

پیش کرے بو شوٗرُت بٹہٕ لوٗرٕ ہے بوزِ ٛولیٖیے ناو میٛون بٹہٕ کوٗرہے

○

وآج نٕہ گُر اکھ بنیہِ سکوٗٹر پوٗز سوٚہٹ ٹی۔وی اکھ بنیہِ ونے کیا پوٗز لوٚہٹ۔

گنڈ نیہِ بیہہِ گوم ساسن سوٗرہے بوزِ ٛولیٖیے ناو میٛون بٹہٕ کوٗرہے

○

بوٗت سوٗزِتھ لوٗرِ شیٖنچھ واژ کرو دِسان پاس بک اُمی شُد تہٕ گرٹھِ اسہٕ سوٗد سان

بوٗزِ بھئے شیٖنچھ اسہٕ کوٗ ھٹس ہیٹھ لوٗرِ ہے بوزِ ڈلیپے ناو میٹھون ہٹہٕ کوٗرِ ہے

(۱)

ماجہِ کنہٕ منزٕ بھیچھ دِتھ ڈیٖٹھ بجہور کوٗرُن ماؔلی اڑنکن ژھاٗنڈ دِتھ پھٹہٕ ووٹ کوٗرُن

ھیانہِ واٗلنجہ زن وسان اوس کھوٗرِ ہے بوزِ ڈلیپے ناو میٹھون ہٹہٕ کورِ ہے

○

گنڈنہٕ پیہٹ آسی ماٗنزِ راٗژ تام آھٹ دوہ گوٗبرٕ واجیٖن آس ماران پوٗرِ ژھوہ

گراٗیہِ ماران اُلہِ ران کنہٕ دوٗرِ ہے بوزِ ڈلیپے ناو میٹھون ہٹہٕ کورِ ہے

○

کورِ ماٗج آس نارِ نارِ گاٹہٕ ہے نیٖبرِی ونہٕ وان اُنڈری ڈسی ڈسی پیاٗ ہرٕ ہے

کورِ ہُنٛد ہم نس اوس کران لوٗکہِ سوٗرِ ہے بوزِ ڈلیپے ناو میٹھون ہٹہٕ کورِ ہے

○

باہہٕ کھینہٕ کی ھال لوٗڑی تے کھاٗسی جگ روٗیہٕ باتہٕ پچینہِ ٹی ہٹ نھالہِ مگ

کیاہ کرِی کرِی کرِ ستہٕ رات پوٗرِ ہے بوزِ ڈلیپے ناو میٹھون ہٹہٕ کوٗرِ ہے

○

سوٗن کنن ترٕ لے نہٕ اوٗنگجن برنہٕ آم روٗپھ مے پلون موٗختہ چھینے جرنہٕ آم

گوٗبرٕ واجینٛ یُتھ نہٕ ونہِ ڈوٗر شوٗرِ ہے بوزِ ڈلیپے ناو میٹھون ہٹہٕ کوٗرِ ہے

○

سۆوٹھ کیتھ چھنہٕ چیپنہٕ تام ژٕنگن لڑکھ بٹہٕ کوٗری واآرِ وِس مٔشر دِلوِ سٕرکھ
رٔشو تھا دِتھ زن چھ وہیپرٕ تِ ژوٗرہے بوزِ ؤلیسے ناو میٛون بٹہٕ کوٗرہے

○

ییٚنیہٕ واٰلیس گوٗبرٕ وول گو سال کران کورِ ؤول گو خوٗنہٕ جِگرکِ نٔال بران
ییٚنیتہٕ وول ژٕراو موہنؔ وٚٹھن ماآ ژورے بوزِ ؤلیسے ناو میٛون بٹہٕ کورہے

○

یام دالن بیہٕ بِیتھ دوٗدِ بتہٕ ہے کھیو ؤون یہ کمُ تام آس مُژران زن چھ دِلو
بٔیاکھ وُژس ٹھٔز کٕرتھ زن سُہد گوٗرہے بوزِ ؤلیسے ناو میٛون بٹہٕ کورے

○

یام اولے ہش دیدٕ بُتھ وُچھنہٕ آے سونہٕ وس دِتھ ؤون ہے لس ماج بٕرے ماے
ژراے ڈٔلیشم گوم بُنیشُل گوٗرٕ گوٗرہے بوزِ ؤلیسے ناو میٛون بٹہٕ کورہے

○

زام دِرٕ کاکنہٕ لیچہٕ اتھو سون تولہٕ نے لونہٕ لیٛج کاہٕتہٕ زورٕ لیٛج کاہٕتہٕ بولنے
بُمہٕ ٹُھپیسو ؤون ہے کینہٕ چھُنہٕ پوٗرہے بوزِ ؤلیسے ناو میٛون بٹہٕ کورہے

○

انہٕ گتہٕ چھی نیتھ بوزِدٕ ریتھ گیے کم غریب تے زیادٕ دِنہٕ واآگی سیٹھ گیے
تیتھ ڈٔلینہٕ ہیشہٕ زن کھور موٗرہے بوزِ ؤلیسے ناو میٛون بٹہٕ کورہے

○

سٲری سالہٕ زن، مرد سٲری اٲثیوکھ     ٹرنک لۆشہِ ہٕنٛد مٔژرآووِی ؤثیوکھ

عام وُچھہِ ییٚتھ چھا یہِ خانہ ماج کورہے     بوزِ ؤلیٚیے ناو میٚثون بٹہٕ کورہے

○

زن کرٕن لیلام اوس گرٕچھِن زٔثین بچھن     جہیز تُلِی تُلِی ناوِکھو مأسم بچھن

وٚون اڑلو چھُنہٕ جان تاہ ٹنٛد ڈوٗرہے     بوزِ ؤلیٚیے ناو میٚثون بٹہٕ کورہے

○

کُنٛدِ ستٕو ہیٖٹر اماکیٚتہٕ چھُکھ ہیٖثبوٗٹ     یا چھُما الہٕ نمأبہٕ کینٛہ مُشِتھے گوٗٹ

ھتہٕ گیٖم شِنگ چھُنہٕ کوٗنہٕ لوٗیہِ لوٗرہے     بوزِ ؤلیٚیے ناو میٚثون بٹہٕ کورہے

○

کرٛوٗر بینٛہے اوس ییٚیلہِ وأژ روبھٹہٕ خبر     روبھٹہٕ لوٗکُٹ اکھ اوس موکلیوزأم جبر

وونہٕ ہینٛزس پھوٹ یہٕ سون کیٛنہٕ دوٗرہے     بوزِ ؤلیٚیے ناو میٚثون بٹہٕ کورہے

○

ونہِ ہٹش لیٚج ناہٕنہٕ ایم اے پاس چھُنا     لچھِہ بریٚن منٛز میٚثوت کیٚچھہ کُل خاص چھُنا

ثیاکھ کورِ وٚول ٹبہٕگلہ دِیہِ ژوٗ یوٗرہے     بوزِ ؤلیٚیے ناو میٚثون بٹہٕ کورہے

○

کیٚتہٕ بوٗزِتھ زن شٔرپتھ کوٗلن گیٖس     دولہٕ تہٕنٛدے وُچھنہٕ بومرلس پیٚیس

دِل بہہِتھ گوم کلہٕ سے آم گیوٗرہے     بوزِ ؤلیٚیے ناو میٚثون بٹہٕ کورہے

○

مائی مَن ہُنٛد مل تام سُوزم یمِن        فاقہٕ دی دی پان تمی گول بیہتھ یمِن
دوٚنی اما کوٚت گژھِ کرِ سُنٕز زورٕ ہے        بوزِ ڈلیسّے ناو میثون بٹہٕ کورہے

○

کرمہٕ لاٰئی نندٕ بأنی دہارازن یہِ وۏن        وابجہِ منٛزر ناو کمُی سوہٕ بزی سۏن یوٚت کھوٚن
کُس یہ رٹہِ ہیکھ کوٚرٕ ہس مجبورٕ ہے        بوزِ ڈلیسّے ناو میثون بٹہٕ کورہے

○

دُسہٕ ڈیٖت ہس پھِرٕ سالس لولہٕ سان        ہوٚٹے پھُہ ین اتھ لی ونہٕ لوٚگ پھُم نہٕ جان
رنگ اپیک کوٚرنم نہٕ تمی منظورٕ ہے        بوزِ ڈلیسّے ناو میثون بٹہٕ کورہے

○

پیتیسرٕ ہیہرس مامہٕ ہیہرس یا ڈرٕیَن        ڈٕہر وادین بیہتھ بڑن بیثوم دودٕ کیَن
چھتہ ونان زوٚک دودٕ پُھہ کُس پھُکھ گوٚرٕ ہے        بوزِ ڈلیسّے ناو میثون بٹہٕ کورہے

○

جان گرِہہ آسی نوٚرتہِ نم کینہہ کینہہ کڈران        زورٕ زورٕے کینہہ کرُی کرُی آسی ہیڈران
نوٚرٕ ہُبتھہِ ییے آسی منھان سوٚرٕ ہے        بوزِ ڈلیسّے ناو میثون بٹہٕ کورہے

○

ھارتھا ہیتھ آیہٕ ہیرتھ مالِنیس        واٰرِ ولو وۏن واتہِ اسہٕ دوٚنی کھین نہٕ یمِن
رامہٕ جوٗ نے سُم سوٚنتھ دستورٕ ہے        بوزِ ڈلیسّے ناو میثون بٹہٕ کورہے

○

ینٛیلہِ بہٕ چھس ماجہِ ماٲژ ہٕنٛز دوٕ رگیہ وُچھان   زن مے سوٚرہیٚینہِ لچھِ بزٕ جگرس بچھاز
مالہِ پٕنٛج دگ کورِ کرٕژ. گیہٕ نوٚزٕ ہے   بوزِ ڈلیٚیے ناو میثون بٹہٕ کورہے

○

وٚون مے ہیشِ دپدِ چھم امرناتھک ناد مے   لوٚزِ ینیٚلہِ یمہٕ کوٚزی میانٛز کیتہ تھوٚزِ یاد
زنگہِ مے اُنیرہم پوٚزِ منٛزہِ ہٕنٛد لوٚڑٕ ہے   بوزِ ڈلیٚیے ناو میثون بٹہٕ کورہے

○

وِزِ وِزِ ٹنگہِ ٹنگہِ کوتاہ تُل مے دم   سینہٕ دٚود میثون دوٕدِ والنجہٕ ہیٚثوم غم
خوٚن ژٕہنے لوٚگ مے اٚندری ژورہے   بوزِ ڈلیٚیے ناو میثون بٹہٕ کورہے

○

تیتھ ہٕنٛز ژاس ینیٚلہ ڈرایہ مے ادٕ پوٚزٕ نٕنٛز   ہلشہِ یہِ وٚون چھُس دود زاوُل بیمہِ مینٛز کنٛز
سارِ نہے باٚزن یہِ انہِ ماگیوٚزٕ ہے   بوزِ ڈلیٚیے ناو میثون بٹہٕ کورہے

○

شینٛچھ سوٚزٕلیوس مأرِس وٚون ثیانٕہِ زاٲم   ونہِ حکیمن انہِ دوا چھتس زٕہیٹھ کاٲم
توٚری سوٚزٕلیوٚن گھربرٕ لٕنٛثہ دوٚرہے   بوزِ ڈلیٚیے ناو میثون بٹہٕ کورہے

○

ھاسما جونیٚز لاٚیہم دوٚرِ کیٛاہ   لتہٕ ٹوٕنجہِ چھس دنتہٕ تھوٚ ودہٕ نی ژوٚرِ کیٛاہ
ڈرایہِ سو اٚڈ اٚڈ بہٕ شیتل کوٚرہے   بوزِ ڈلیٚیے ناو میثون بٹہٕ کورہے

○

باغوالو شیچھ ثیاںٛز نینتہٕ بُلبُلس      سۆر پیٚشیومو شنمہٕ کٔنہٕ ہے گلُس

پاپ کھۄتمٕ یوٚتے بہٕ چھس بٹہٕ کوٚرٕ ہے      بلوزِ ڈٖلیسّے ناو میثون بٹہٕ کوٚر ہے۔

○

# غزل

ژونگ ٔخنک ظلمتس منٛز زالِے
کیا کمی گژھِ ہیس نقاب اے والِے

○

دِلبری ما زانِہ نتہٕ ون اسنہٕ سیتی
توٚتہٕ خنجر ما میٲنہِ وٲلنجہِ والِے

○

ٔکمی یہ دون جھس ہِش نظر پیٚہ کمٲنہ پیٹھ
ٔبتہ ٔوچھتہ میثون ڈٕرِ ہہ ڈٕکس ما کھارِے

○

ساقیس ینیلِ کٔمرِ نہ بینی یڈُ ڈٕلوٕ
پیٲلہٕ ژھوٚر میثون برٛونہٕ ٹھ کینہ کیٚتہٕ ژالِے

○

یٚیلِ سُہ ٔوچھے پوٚختہ لوٚلچ مہ کھتہ مال
ٔگل روٗغس ما تاپہٕ شبنم گالِے

○

سوہنس پزِ ہے دزُن مینشِ منزوُسُن
قبرِ بینیلِہ زن مآ ممس کاہنہ والِہ یِ

○

عقلِہ ہیتی ما باغوان پوشی طالِہ ہس
لوٗنگ ووتکھ گاٹہٕ جارس تالِہ یِ

○

# غزل

○

چشمہٕ درٕ لبجہٕ مژٕ یمبرزلہٕ جا فرس زرد لوو شباب
داوٕ مُبجکہٕ کرتہٕ ہیمتھ تُل تہٕ تھوٗدتس از نقاب

○

یانٕ زاہنہٕ کاٗد کڈٕ ہ نبر کھور چھُس بہٕ تربران یِی وُچھتھ
چھُم غنچر ہیتھ پرٕتھ اکھا مارُن مے زانان بوڈٕ ثواب

○

تسٕیلہٕ چھُ پوٗز ییٚیلہٕ عملہٕ منٛز کاہنہٕ آنہٕ کتھ ییہٕ شوقہٕ بیان
نتہٕ چھُ بس قولوٗن اپزُے لیٛوکھ زن اسہٕ در کتاب

○

باآگرادُن چھُم مے یاتے کیٛازِ داےٚ نشرِن کاہنہٕ وُنو

ہا ڈلوٕ ہیکہٕ ہوٚت چھیٚو ییتہٕ ہنو وُچھو ییٚیلہٕ ہِن حساب

○

زہو ژٔٹو لو کیٹن بڈٕ پن از چانٛٹھ گنڈ یارن دِلو
وُچھتہٕ دارس پیہڈ چھُ منسوٗر لۆز وننٕ از بوٗڈ عذاب

○

دِل چھُ ڈٕدِ وُن من پریشان نال وۆلُمت از ہمن
سال ساز ژٕدرِ کوٕرٕسے کمیٔ کمیٔ وونٕنے وائِن رباب

○

باغوآلنس ینیلہٕ گُلابن وۆن ہے ہیٚو چھا بییہ نہٕ کانٛہہ
سِریہٕ زٕتہٕ اکہ لوٚہٕتیس چمنس اندرِ دِیتمنس جواب

○

# زِف گرنم

○

اُسی لےٚ داما پالس چھیتھ گو — سینہ سِنہٕ ثرآما تھتہ پیٹھ کھیتھ گو
ہتہِ رنگہٕ سامانہٕ گھرکیٛت ہیتھ گو — پٮ۪رژھمس پیالہٕ میثون کوٚ صفن پٮ۪تھ گو

○

دوٚ ہیٚنم چالِنس پیالس مچھ گیہٕ
چِلما دِژنم اُچھ پیٹھ اُچھ گیہٕ

○

لوٚ کھور بالنس نلہ وتھ آون — یمبرزل پیٹھ غاکس ساون
بُلبلٕ ہشرلے پنجرن پھاون — لالس داغہٕ ہن ہنس تھاون

○

کرگیہٕ پژھ کتھ بتی گیہٕ بچھ گیہٕ
چِلما دِژنم اُچھ پیٹھ اُچھ گیہٕ

○

تمی روٹ تھزرا میثون چھِہ لُستی — میثون چھِہ وآران تمی ژٹ لُستی
میثون گو کُزلشن لس گیہِ مُستی — لس ژرایہ ازمان سآرے ژُستھی



○

ھاشہِ ثیاٗنٛ ارمان ساسِ نبِ لُجھ گیہِ
ژِلما دِتٕرٕ اُچھ ییہڈ اُچھ گیہِ

○

لہرِن ٹھوٚلنس گرٕنٛد بوکرِنس — کھیلہِ وُتھرِن ییہڈ مو کھتا جرِنس
زوٗنَن دو شوے کتہِ یِم درِنس — اوٗرِی لگِہ اُتھی کُن وُچھنس کرنس
توٚتتام بُرِی بُرِی ٹھنڈِی کھٔچ گیہِ
ژِلما دِتٕرٕ اُچھ ییہڈ اُچھ گیہِ

○

# آشہِ ہُنْد گاشہِ تارُک

بالہِ بُزی گوٚ سِریہ وٚول کالہِ اوٚبرِن زوٗنہِ نال
تارکوَ دٚوپ گاش ھاوُن چھا اسی مٲنہِ ژٕوٗرِ رٕوٗدی
گاشہِ لبیہ ترٚو براوِ ہمیَن گٹہِ زوٚلی واہروو آس
تیٖنزِ ہیٚنس اُچھ انٛدرِ اوٚنگج ینہِ آس باسان غآب

زن چھِ صُبحچ کتھ مے باسان ازنہِ صُبحآے زن یہ گو
ازنہِ صُبحآے ماجہِ ہُنْد اوش زن ینہِ اوس تیزاب تٚوٗت
ازنہِ صُبحآے مآسمن زن چاکھ کوٗر وآلنجہِ وٕشوَ
راتھ شامن زن وُشن رہتھ وٕ شلیوُت ہیوٚ بہتھ

از صُبحاے زن مے آشن توٚگ وٕ کُھرِ وٕ شلیہِ خاب
دٚوپ مے وُچھہا گاشہِ لے کرا گوٚنڈُم قدما تلُم
مُنزِ لو دِژ مہٹھی قدمن اکھ کوٗڈُم اد شاکھ آد
گرٛوٗٹھ سفرا زیٹھ سٹرکا موڑ پتہ بنیہِ موڑ آو

ہمسفر اتھ روٚٹ کرن وآلۍ ییمہ روٗدی اور یور گیٚ
کاہنہ ٹھیکہ لوٗسِتھ ہمیمہ گیٚنہ منٛزلس ییمہٕ مایہِ وٚول
ہیمتس اوس ہٕوٚل بے گوٚنڈٕمتٕ آیشہ کرٛمژ ہیپرٕ تھپھ
بس یرادن ہیمنہ ہیکہ ییتہ منٛزِلس ییمہٕ آم ینیہٕ

گاشہِ تارکھ برٛونہہٕ آم بے میٛوٗنہٕ وٚیشمس نظرِ ستی
آشہِ لوٗگ یاوُن تہٕ ارمانن لیٛم سوسرا ے لوٚنہٕ
ووٚنی چھُہ گیٛہٕ زوٚل اکھ گگرِ زامن فقط ٹیٛنہٕ وار اکھ
ووٚنی چھِ کھاہ مِلون ہنا بروٗنہہ کُن یکُن ہیمتھ کرٕنی

برٛونہٕ ییہِ افتاب زٕژ دِیہِ میٛوٗنہٕ ووٚنی میانین کھورن
ہیمتھا بس ہیمتھا ییہِ ہیمتھا پانو کرٕنی

# غزل

○

وُچھ ازٕ مے پیون ساقیٔ برپوٗرٕ مےَ خانا
اکھ دام چاو مینٛتہٕ از آہی کری زمانا
چشمن چھ گرٛاو پشیان زلوِ پیہڑ مے چھم شِکایت
بنٛیہ ونتہٕ ڈالہِ انہٕ کیٛا لوٗلک ژےٚ کیٛنٛہ نِشانا

○

نرٹِہ نارِ باگران چھُکھ حاتم وۆنےُ ژےٚ پنٛہٕ پنٛو
یئلہِ زاشہٕ مے گرٛاو کرٕ مےَ وۆنھم ژےٚ کاشہٕ بہانا
لبہٕ زن بچھ آوسے مِترٕ دارو چھِ زن الے مِتٕ
چھوکہٕ پھوٗر شیٖشہِ دارِن واٰران دِلُک مکانا

○

ژٕہنہِ چھےُ غرض خبر کیٛا مینٛتہِ چھُم پنٛہنی مسائِل
شرمندٕ گیہِ سیاست بدنام گوٚ زمانا
سوزا دِلس خبر تیٛا زلوِ پیہڑ نزرانہ بردیے
اماد ماہرٕ کوٚرتھن بنٛیہِ لول ٹلی فسانا

وِزِ وِزِ ہے گُل پھولِنۍ گُرٛھی بُلبُل تہٕ کتھ کرِنۍ گُرٛھی
ماگس تہٕ باغ پھولہٕ ہن گوژھ تیٚتھٕ ہے باغوانا

○

# غزل

○

سنے لیس یام گنے یم کل — مےٗ رأوِم زول خبر چھے نا
مے گیہِ پالنس پنہنز گانگل — چھہ اُلنس مل خبر چھے نا

○

مے دِتی مے وُنی بہارن منز — نشاطن شالمارن منز
مے ژھنڈری بلی تیل بل اچھِ ول — ژہ ژھُکہ پھرِ نل خبر چھے نا

○

چھِ پن ینَ اتھ گُمتی بیون بیون — گرِیبا لنس چھُہ کیاہ ووُنی لوٗن
سُہ کتھ کرِ تاہ نہٕ کتھ کڈ مل — سُہ پھوٗل مخمل خبر چھے نا

○

پُتم پہرس برس گو ٹھس — مے دوٗپ ژٕ سے اکھ کرِم کھہ وس
یہ اُلران واو اوس نا انگل — مے وۄتھ اُش ڈُل خبر چھے نا

○

چھُم آدمی دِل تہٕ ہشدر لیوٗمت — مے باسان زُح نہٕ سٔندر لیوٗمت
فمپرس از بھتِوتھ برتل — دِوان کرتل خبر چھے نا

○

چھُہ باغوان ازنہِ ووشن ژراوان   گُلابکۍ داغ بیٚنیہ ھاوان
وُچھان دوکھ لدِ چھہ یمبرزل   ودان سونزل خبر چھے نا۔

# کیاہ کیاہ رووُم

(۱)

کھنس منز زن ینٛن سنسار رووُم
ینٛن اونٛد پوکھ ینٛن گھر بار رووُم
یہِ راتکُ یار کیٚتھ سپدِ پوٚمے دُشمن
دعا پٔرُووُم نہٕ پرون پانہٕ نیار رووُم

(۲)

دِتکھ زوٗنگ آلہِ نے یٔتھہ پٔتھہ نہٕ ماٚرکھ
دلوکُس بوزِ کُس اظہار رووُم
بہٕ لوکُس قرنہٕ پھِری ییتھ کِنہ شُہارس
ینٛن وِرِوار بوزِنہٕ شیٖہجار رووُم

(۳)

چھِ ییتہ پانٛ پھیٚری تہٕ کاہِنی ترلشہِ ہوٚت پھُس
ینٛن ناگہِ راد ینٛن آبشار رووُم
چھُ شری تام قاد سیٚمٹہٕ جن لبن منز
گِندُن رووُم شُرِین لوکہٕ چار رووُم

مے کُس ساؔے زانہِ ینتہِ پٔرزٕ ناوِ کُس مےٚ
مے نِھبکہٕ وُن ناو پنُن اظہار رووُم
بہٕ چھُس کوچو تہٕ ونہٕ ونہٕ یارٕ پھیران
پنُن روزگار پنُن دربار رووُم

○

دۄلُر آنچار سِند رُمبی آبر تےٚ وہہٕ
نسیم اچھِ ول نِشاط شالہِ مار رووُم
ہِمایکی بال رِشپہِ دستار گنڈِ گنڈی
سبزیم وَن شِہُل سبزار رووُم

○

سُہ تلہِ مُل کھنہٕ برزٕ بنیہِ ھارِ پربت
تسِرہہٕ کم کم تہٕ گنیت یار رووُم
چھکرنہٕ آیہ ینتہِ مول ماؔج تہٕ بارٕ ڈٕ
کاہن راؔو گاو مۆدُر سبزار رووُم

○

مے باغواَنس گُلابکی داغ جِگرس
گُل بُلبُل چمن یکبار رووُم

○

# زٲمی زام مالیُن آم

○

آم ہے آم ہے　　زٲمی تہٕ زام ہے

وق چھُم شام ہے　　زٲمی تہٕ زام ہے

زاہِنہٕ چھینہٕ آہستی　　ییٚمہٕ بٕر تٕرامستی

أزی سانھ درام ہے　　زٲمی تہٕ زام ہے

○

وٲلنجہِ دُبہ رائے　　ٲس ہٕتوکھ ھائے ھائے

چشمن ھام ہے　　زٲمی تہٕ زام ہے

نستہٕ ہیٚنز جائے چھم　　ٹُبڑ تِلہٕ کرائے چھم

لس چھینہٕ ترام ہے　　زٲمی تہٕ زام ہے

○

تکیٚہ لُوزِ ھاوِ نو　　قٲلینہٕ ترٲوِ نو

ییتھ بُرسَ تام ہے　　زٲمی تہٕ زام ہے

ژھوپہٕ دم کرِز نو　　کیتھ کم کرِ تو

یِم چھینہٕ عام ہے　　زٲمی تہٕ زام ہے

○

کٹھ متہٕ کھیٚیہٕ تو دُسہٕ کاُنٛسہٕ ہیے نو
بس پاہہ نام ہے زاُمی نتہٕ زام ہے
آملیٹ ، ٹافی ٹی سیٹ ، کافی
نوٚ انٛدام ہے زاُمی نتہٕ زام ہے

پیٛرِھ کُنہٕ سُنہٕ تو الیٚش ٹُرے نِتہٕ اُنٛزِ نو
سگریٹ دام ہے زاُمی نتہٕ زام ہے
میٹھِ لُڑِی کیٛا کر کیٛاہ کرِ پھوٚرپھوٚر
بتہٕ کتہٕ گام ہے زاُمی نتہٕ زام ہے

شیُن کتی میلیم زام ہے گیلیم
گرزہِ بدنام ہے زاُمی نتہٕ زام ہے
ہتش دیدِ بوزہ ہم تبراہ سوزہ ہم
نیٚترِ ترُسی پام ہے زاُمی نتہٕ زام ہے

میٚیچھِ کتھٕ گرُد نو بُلہِ ماے بُری تو
زنتہِ لول آم ہے زاُمی نتہٕ زام ہے

○

زاَم کیٛت انہٕ گٕٮ۪ھ زاَمیس روپیہِ ہیٛھ
کرٕی وِ انتظام ہے زاٗمی نہٕ زام ہے

○

کوٗر زیٖنۍ اَم دَم چھُنہٕ ٹُلی مانَم
للہِ نہٕ وولام ہے زاٗمی نہٕ زام ہے
روپھ، زوٗن، اَرنہِ مال حالہٕ گیہِ بے حال
چیٛنکِھ کرٕٹھی جام ہے زاٗمی نہٕ زام ہے

○

ھاوبھاو دھِنہٕ ڈیار قرضُک یہٕ باپار
پکہِ کوٗنتام ہے زاٗمی نہٕ زام ہے
یہٕ سماج پھِیہِ کیٛا آخر یہٕ لبہِ کیٛا
دوکھ انجام ہے زاٗمی نہٕ زام ہے

○

سونتس سوٗرٕ دگ پوٗشن ھوکھِ سگ
باغوآن خام ہے زاٗمی نہٕ زام ہے

○

# غزل

○

سنبُل تلِتھ ژٕ از پُھکھ ہیٚنیٚ گلاب ناوان
وُسُواسی زن چھُ شبنم سوٚن اضطراب ناوان
روپہٕ اتھٕ تہٕ ماثرِ نم چاۓنۍ مہارِنیٚ تراے برٕنۍ
ڈیکہٕ ٹیکہٕ تہٕ سورمہٕ ٹارِن چھُونےٚ شباب ناوان

○

پُرژھنم بے چاۓنۍ عشقن ڈالی کیاہ چھِ لولہٕ انہٕ مرژ
سیٚنس بہٕ چاکھ دِتھ چھُس جِگرٕکۍ کباب ناوان
یوٗسُفَ دیان جُرم ہو اِنصاف منگہٕ زُلیخا
منٔیف چھُ عشقہٕ نارس عدلیچ کتاب ناوان

○

زاہِد دیان چھُ کِتھ چھمہٕ میخانہ مُف شرابا
جنت چھُ تبٕشلاوان دوزُخ عذاب ناوان
اُچھ ناٹہٕ چانہِ شابش عمزِن ژہے چھےٚ مُبارک
تیرن شمار ونہٕ کیاہ دِل چھا حساب تھاوان

○

لیکھُن غزلِ چھُ زالُن رِتھ ژانگہِ نیٖرٕ ژالُن
باغوانہٕ سُند غزل از دِلہٕ کٕے عذابِ ناوان

○

# ژلہٕ وُن ئمےَ

○

ئمےَ وُنی اوس ئیتیٖ زن اوس یہِ کیٛا ہیٛنہٕ گوٚ تہٕ کوٚت کُن گوَ
فرِاَر ئیا بے قرارا باٗزی گارا ونتہٕ کوٚت کُن گوَ
یہِ ما اوس راہتہٕ راتھے حوٗرِ یاٗرا وان گنڈان اوس ساز
بران اوس ہرنہٕ چشمن سوٗرمہٕ ٹارِن منٛز بران اوس ناز

○

گلابک رنگ متھان ما نازنینن اوس رولیس زن
بران اوس گوڑ دِوان اوس سگ بھٹان آسی یاونس باہن
اُمی ما اٗزی تہٕ ژراٗوِن ناٗلی کوٗبو ہیہہٕ پٔرزی سہ نزل سینس
پریشان مُشکہٕ ئتی سنبل تھوِن ہیہہٕ شانہٕ کِس زینس

○

اُمی ما کوٚر خریدار نازتے محمود ایازس
زُلیخا ئژ کرِن یوسُف اٗڈی اٗڈی ژراو بازارس
یہ کوٚت گوٚ دِتھ چھٔرِ مولیس تہٕ رولیس رنگ ژورےِ نیتھ
ئرِتھ گوٚ ہرنہٕ چشمن سوٗرمہ سروس گوٚ قدس خم دِتھ

○

سمے وُنزِ اوس بٔتیٖ زن اوس یہٕ کیاہ ہیہ گو یہ کوٚت کُن گوٚ
فِرٲر یا بازی گارا بے قرارا ونتہٕ کوٚت کُن گوٚ

○

ہے بوٗزُم راتھ میٖرس منٛز پٔچھ کیٚنہ لاگان میٖنارِن
ونوٚن کٔمۍ تام پیتہٕ روٚٹ نالہ متیہ روٚمن تہٕ بوناتن
دماہ روٚد سیٚندھ وادی منٛز چھاوان اوس شُہل سینہِ آب
دما روزِتھ اما کوٚت گو چھُ ما لہٕذِس اِمس کاہنہ تاب

○

یہ ما اوس راتھ للہٕ ناوان پٲنٛترن پانٛڈون لولہٕ منٛز
پٔچھ کیٚنہ پانٛڈوَ پٔچھ کیٚنہ از دوارِکا وُچھتون شُدرِس منٛز
پٔچھ کوٚت شاہے جہانُن تختِ طاوُس نیٚتھ گُمت وقتن
دیان آسی لوسہِ کتہٕ افتاب انگریزن تہٕ نتھ لوٚگ ژھین

○

سمے چھُنہٕ پوشہِ وُن چھُنہٕ روزُن کاہنہ وفادارا
سمے والبو تہٕ چھُکھ مدہوش کتھ پیٹھ چھے اُشنکارا ۔

○

# غزل

ضرب یوٚدوے دِیہ نہٕ مِضراب لولہٕ تارن کیٛا کرو
ینیلہِ اُنٛدری دِل آسہِ دُدِ ون شالہٕ مارن کیٛا کرو
دوٚپ مے شمہس تھکھ ہنا کڈُ گیہٕ اٛندر پکہٕ ناسمے
توٚرٕ دوٚ بیٚم پوٛنیرن تے جانِسارن کیٛا کرو

جام بَرِوٚن ساقیس ینیہِ ترٛلیشہِ ہُنٛز وُچھ ثیاٛنی یاد
تازٕ یارن مِتشٛدین ینیہِ رِشتہٕ وارن کیٛا کرو
دارِ چشمن اوش وسان چھُ نرگسن شبنم ہران
ونتہٕ اچھ ولہٕ کِہن فوارن آبشارن کیٛا کرو

لس تہٕ کھسہِ ہے ٹارِ کومل میٛون آوُیل کیٛتہٕ پوش
نٛری کھین جانوٚار پوشن پیٚش کمارن کیٛا کرو
چانہٕ لڑِہ موٚل کھور سمین میٛون سون سرتل کوٛرن
ینیلہِ اہن کھرِ باو وا ا گاشارن کیٛا کرو

لولہ پوشن مالہ گُری گُری باغوان ہیتھ ڈاگ آو
معہ کھیتہ ھارن مول چھُہ دٚوپیہس لولہ ھارن کیاہ کرو

# رٔوف

○

مارٕ کرٕنس چانے مایے       مێنہٕ کن تھاو یاون رایے
یاوُن میٛون کوٚرتھم ضایے       مێنہٕ کن تھاو یاون رایے

○

کن برٕ نے کٲمہٕ ٹیاٗنٕ شسترن       گاشس سوٗرٕیوم پمپوش نیٚترن
ٹرانٕتی گرٕ حی گرٕ حی چانے رایے       مێنہٕ کن تھاو یاون رایے

○

لاٗل ڈرٲلیس پێنہٕ پێنہٕ لاران       مجنوٗنس سنجٕہ وینہٕ تھاران
مێنہٕ مجنونہٕ بے پراوایے       مێنہٕ کن تھاو یاون رایے

○

عامہٕ خاصس لێنہٕ دوٗر لاٗرِتھ       وینہٕ ٹرٲرِتھ پان جان ماٗرِتھ
کِنہٕ تھارتھ کِنہٕ پھُکہٕ تھاۓ       مێنہٕ کن تھاو یاون رایے

○

میٛون یاوَن سوٗرٕیوٚو پانے       لیُس بے کھارلوٚ دانےَ دانےَ
اُڈٕ اُڈٕ ڈرٲوٕ بجایہٕ جایے       مێنہٕ کن تھاو یاون رایے

○

○

ہی آسِس ہی مال کرِتھس
لبے عاز ڈراکھ ہے ناگرِ ایے
ضایہِ کرِتھس زاہنہٕ ما سوزِتھس
میتہِ کن تھاو یاون رایے

○

تبنٕ لاوِتھ ترِے دوٗر تزٕلہم
کُس دِیہ پیے کُس دِیہِ دایے
باٗزی کرِ ہٕتھے کتھ وارِ بھول ہم
میتہِ کن تھاو یاون رایے

○

واو ہرُدن ڈراو مے ہرنے
بٔیہِ پھولہٕ چ کِتہ پھم رایے
مولوٗ ڈراکھ یانہٕ ترِے مرنے
میتہِ کن تھاو یاون رایے

○

باغوان ڈراو باغس پھیرِتھ
باغس بیثوٗ ہٹھ اوٗبرک سایے
اشہِ بٔرہٕتھے داماہٕ پھیرِتھ
میتہِ کن تھاو یاون رایے

○

# سوٚنتہٕ واوس کُن

○

سوٚنتہٕ واوو زیپر دِژ تھم پیٚ تیٚنے
تارٕ سیتارٕ ریٚچہٕ پیٚ گنٛجہٕ سرِ نوٚ میٚنے
بہارٕ نیٚن وردن اوٚنتھ باغُن کلُن
کٲنچہٕ، کِکلُے روٚد کرِنہٕ لبجہٕ ونہٕ ونے
مٲشرِ منٛزر کوٚڑ کلہ بیٚنیلہِ لوٚن ورِہِمو
ٹیکہ بٹنٛہس زن نہٕ ٲگی آلو دِنے
اٲنی حیاپٕچ شبنٛچھ وہھص شبنٛہٕ واٲژاز
آلبتارو کلہ ٹھوس سرِ نوٚ کیٚنے

○

وٚن آسِتھ بُتراٲز بیٚنیلہِ جیوٚن روٚوِے دُپھ
ڈُدی منٛس سِنٛس یہ کِنتھ باگُن انے
شوٚنتہٕ واوو کتہٕ ڈنٛدس رُوٚدکھ گُھٹتھ
زونتھو گھرِ مٲیانہٕ کنٛتھ کوٗش ماسیٚنے
کمٲی اُمیہرن ادٕ سنکھ بُرمروٚ ووٚت
کنٛتھ شراب خالس انٛدرٕ مےٚ پیاونے
شُہہ دُبِتھ مائیم کھوٚرن ہُنٛدٕ گٲبر لوکھ
مٲیانہٕ جِگرٕکی چھوکھ دُبِتھ ژیٚے کیاہ نے

○

شنٛجہٕ ڈورِس چھم لیٚدرٕ و بِنم پیٚمژر
روٚوے دُبِتھ زان حالِ دِل زٕلو کیاہ دِنے
باغوانن بیٚنیلہِ باغس تٲری ژرآوی
لس نہٕ باغس دٕلو بہار باگُن انے۔

# ہشہِ ووٚن ولبہِ

○

مےٚ تُل لوٚشہِ لوٚس وارا کرٚوٚٹھ تےٚ سوٚن
یہ کس ژھٚینی زلوٚبہٕ کمُی ووٚن میٚوٚن مےٚ کیاہ ووٚن

○

گرٚہم کیتھ اگر کاہٕہ کیتھ بہٕ ونہٕ ھا
رٹان یچھس زلوٚ بہٕ یوٚت یوٚنتام انہٕ ھا
ونےٚ کینٛہہ پھرکہ بینہِ بوزِ کاہٕہ زوٚن
یہ کس ژھٚینی زلوٚ بہٕ کمُی ووٚن میٚوٚن مےٚ کیاہ ووٚن

○

مےٚ کوڑُ گلہِ کینہٕ لوٚشہ ہُنٛد شرٚ مےٚ نیرٚہم
خبر آسم نہٕ اُنٛدری تیل تیٚلِم
ژٕ مأری نہٕ م یانہٕ بینہِ بھی کینٛہہ کرِکھ نوٚن
یہ کس ژھٚینی زلوٚ بہٕ کمُی ووٚن میٚوٚن مےٚ کیاہ ووٚن

○

وہیان چھا کاہہ کتھا میانٕۍ اَمِس زاہہ
پنُن سوٚنچان اَمِس ماکس قدرٕ کیاہ
دُسس وٕلِتھے مے پٮ۪شرو وکھ بہ لرٕژہ بوٚن
یہ کس ژھینہٕ زلوٕیہ کمہٕ وٚزن میٲنۍ مے کیاہ ووٚن

مے لنٕشہ اَمِشُدٕ کرانٕ بُتھُم سوٚر پالس
ہَتے شوٚب مالِیننہ ہنٛز وُچھِ ژٕ پالس
اَنٛدرٕی شرٚوٕپرُم مے ما کرُتُھوٚت رِتہٕشُد دٚون
یہ کس ژھینہٕ زلوٕیہ کمہٕ وٚزن میٲنۍ مے کیاہ دٚون

ہیڑٕنی لایکھ اَمِس ستھرات وردھن
بہٕ چھس منٛدچھن پِچھ ینٛیلہِ زاہہ ٹرنک کُترن
پِچھ زانن واٚلِ ساری کُس چھُ یتیہ اوٚن
یہ کس ژھینہٕ زلوٕیہ کمہٕ وٚزن میٲنۍ مے کیاہ دٚون

یہ چھم ہلہٕ شراکھ یا بلہٕ شراکھ وہیرٕنی
نِتھے چھُس گٔنہٕ یُتھ وُچھِتھی گیم ژٕنی
پِچھُ سرتل ثرام یا اُھسی پوٚرد روف پٕروٚن
کس ژھینہٕ زلوٕیہ کمہٕ وٚزن میٲنۍ مے کیاہ ووٚن

مُرن ہیٚ پَتھ وۄہر وادِین تہٕ سۆزکھ

نابر لوٗٹ تہٕ بیٚنیہِ دۆدٕ ژوٗڑ تہٕ سۆزکھ

مگر دۆد ژوٗک وَنے کوتاہ سُہ اوس لوٗتٕ

یِہ کس ژھیٚنی زلوٗ یِہ کٔمی وۄن میٚون مےٚ لیاوۄن

ژٕ وُچھ یکھ پیٚپنہٕ شٔہنگ دارن وَنے کیاہ

وَنہنہِ لگی یِتھ زٕ اَسی کھورن ژھتو کیاہ

وۄنا اسہِ کینہہ تہٕ وَنتم انتھ تہٕ گٔس سۄن

یِہ کس ژھیٚنی زلوٗ یِہ کٔمی وۄن میٚون مےٚ کیاہ وۄن

وَنے کیاہ کاکہٕ یوٗرک پھا مےٚ لوزان

گژھن ہیوٗر بچھُ تتہِ دۆہ وادٕ روزان

مےٚ دسگا روٗزن بینہٕ نوٗشہ قدم اۄن

یِہ کس ژھیٚنی زلوٗ یِہ کٔمی وۄن میٚون مےٚ کیاہ وۄن

سُہ کیتہٕ گنڈُنگ طماہ ڈراو کاکہٕ لالس

سُہ کیتہٕ ٹی، وی، سکوٹر کانٛہہ گلالس

وُرد زن شتھر کاکُن چھُ اۄن رۄن

یِہ کس ژھیٚنی زلوٗ یِہ کٔمی وۄن میٚون مےٚ کیاہ وۄن

○

چھِ نۆشہِ کیٚنہہ نیٖلہٕ وٹھٕ لِلہ ہُنٛدٕ تہٕ فیشن
وۄتھِ نۆش یُنٛدرِ نوِ بچہِ بروٚنٛہہ بہٕ کرٚیشن
چھِ بہٕ ڈٕلی یٔژھنۍ تمِس ادٕ یان ھاوُن
یہِ کس ژھیٚنۍ زلوٕ یہٕ کٕمۍ ووٚن میٚشون چھے کیاوون

○

بہٕ چھسہٕ تیٚزہ ھش گرٚاوا میٚ کرٚا زاد
قسم ھتو تم چھے نیچوِس کن بوٚرا زاہ
ژبے ما بی کیٚنہہ چھے بوٗوم کیٚنہہ چھے ما ووٚن
یہِ کس ژھیٚنۍ زلوٕ یہٕ کٕمۍ ووٚن میٚشون چھے کیا ووٚن

○

چُھ کس تغیر ڈٕھو منٛزٕ پانہٕ ژاٗرٕم
کرٕم لیکھا یہٕ یوٗشِس ما وٕہٕژورُم
چھے باغوانو یہِ کُھر پنہٕ ہنو اتھو اوٚن
یہ کس ژھیٚنۍ زلوٕ یہِ کٕمۍ ووٚن میٚشون چھے کیا ووٚن

○



اِتھ گرِٛہ منز لابہِ زن ناد بوزِ کُس
چھوکھ پھُ جِگرس دِل پھُ برُباد بوزِ کُس

مأیِکس از کرِتھ فرُیاد وۄن لکُو
مأیِکس قأتِل پھُ داماد بوزِ کُس

چِھی ژےٚ قأتِلن ہیرِ وتھرِتھ کُمی دِتی
چھُم مے ژھینیو نمُت اۄڑ وگوِ راد بوزِ کُس

ساتھ رُت وُچھ بیٚنیلِہ کرُن فریاد چھےُ
حأکِمس از موڈُ ناشاد بوزِ کُس

راز تھاوُن منز دِلس از جان گو
اپزِ یأرِس کیٛا کرُو واد بوزِ کُس

کُمی سنا ژۄٹمُت خوبس دستار راتھ
تس سُہ اوس اولاد پیٚنہِ نُے بوزِ کُس

بانْوانن پانہٕ باغس لوٗبھٕ کور
پوش پٕشرِن باغ بُرباد بوزِکُس

# کورِ ووٚن گوٗبرٕ ماجہِ کُن

○

گوٗبرٕ مأجِ کیا زوٚن ہٕھن ژٕ ہے مول ییٚون   پۆت نبی شوٗبہٕ یہٕ ولو نیے
پاپ کوٗرنہٕ مأجی میٲنۍ بیتہِ زاہ زٕنس   کوٗر زیٚنۍ شاپ ما پھٕ پرٛوییے

○

کس ماجہِ از تام کوٗر چھینہٕ زامژ   کورِ ژوٚس گرٕ چھا پیوٚنیے
کورِ زایہ سارِنۍ زیٚن نہٕ بنیہِ سارنۍ   مول کیازِ لوٚن ڈرا ویشوییے

○

باقین دلپشن کورن پھٕ ییٚژ مان   بٹہٕ کورِ لوٚگ کیازِ گرٛوییے
کورِ کمۍ مول ودل کورکزن شرژہٕ گروو   سرتل سون یہ گو سوییے

○

کورِ بیٚنہٕ سارے قوٚمک پھٕ آدار   رہنمایہِ اسہِ ما زوییے
سِریہ ژٕندرمہٕ کوٗر گرٛتھہِ نوٗ گرٛتھہِ نوٗ   گوٗبراہ گوٗژھ اسہِ کوییے

○

باغوانہٕ وَنتم پیٚکھ کرژہ پالس
کورِ گو ووٚنۍ ییٚژ کرٛوییے

# نظم

سنہٕ ۱۹۶۵ ہس منز ہیمتیس شہرس کنٕ

○

تہٕ کوٚت مالہِ تہٕ کوٚت آکھ
یٚتہِ چھُ ودُن یٚتہِ چھِ باکھ
تہٕ کوٚت مالہِ تہٕ کوٚت آکھ

○

یٚتہِ اَسُن اسہٕ زورِ زٕوٚل — یٚتہِ ودُن اسہٕ باگہِ پھوٚل
لول شراون شپین گوٚل — لوٗزٕ بُنہو سوٗر موٚل

○

نٕشہ گیہٕ یٚتہِ وزٕن واکھ
تہٕ کوٚت مالہِ تہٕ کوٚت آکھ
یٚتہِ چھُ ودُن یٚتہِ چھِ باکھ

○

یٚتہِ بندوقس دِتھ ازتاج — یٚتہِ چھُ گولہِ ہُنٛد از راج
گلشن کولِس یٚتہِ ڈیُن باج — نٕرلیس ودتھِ نس لگُھ محتاج

○

○

ییٚتہِ بوے باٲلیس ہیتھ پھٔے شراکھ
ژٕ کوٚنت مالہِ ژٕ کوٚنت آکھ
ییٚتہِ پھُ وٕنُن ییٚتہِ پھِ باکھ

○

بابوٚ ییٚتہِ زول باین اول لنہٕ دِیتہٕ گرٕکھ ماج تےٚ مول
آدمس اِبلیسَن اتھٕ ڈول عیوٲنیتَن زوٗلا زول

○

یٔرتھ کاٚشِہ پھٔے ییٚتہِ نالس چاکھ
ژٕ کوٚنت مالہِ ژٕ کوٚنت آکھ
ییٚتہِ پھُ وٕنُن ییٚتہِ پھِ باکھ

○

دہارازٕ ہٕنز ییٚلہِ ڈیٚنشن لاش سیدن دہارنہِ ییٚتہِ اتھہِ خاش
مانزِ ہمن بوز میٚترٕ ہٕنز باش بوٚنگرِ نرٕہن زن یکدم ناش

○

گبوَن والہو ژھٔٹ ییٚتہِ باکھ
ژٕ کوٚنت مالہِ ژٕ کوٚنت آکھ
ییٚتہِ پھُ وٕنُن ییٚتہِ پھِ باکھ

○

لولہٕ ھتین ییتہِ کران لار　　اکہِ اکہِ آلین دِوان نار
پیروٕنہٕ ناوِ چھالمنس وار　　سُہ کیتہِ سُمہِ تے سُہ کیتہِ تار

گاٹلین موٗٹھکہ ہُتین نغاکہ
ژٕ کوٚنت مالہِ ژٕ کوٚنت آکھ
ییتہِ چھُ ودُن ییتہِ چھُ باکھ

ییتہِ سون خانہٕ دار گوٗمت مس　　سندلہِ ہفِچھ چھُھنہٕ بیٚتہِ کاہنہِ جس
گھرِ والین دُز وٲلنِچ وس　　خانہٕ دارن لاج ترٛاموِ نس

لوٚکن لگن چھ دٔزنکی آکھ
ژٕ کوٚنت مالہِ ژٕ کوٚنت آکھ
ییتہِ چھُ ودُن ییتہِ چھ باکھ

لِچھ منٛز اکھا گاٹُل ڈراو　　دُوٚینکہ توٚہہِ چھُو بُلی ہکہٕ چاو
ہانٛگلو ہمرٕلو شوٗپہٕ ستی واو　　نفِہکُ چھُ تسلیٔ گاٹہٕ موپاو

یِتھِس گاٹہٕ لبِن ہلِیہٕ تلہٕ ہُشراکھ
ژٕ کوٚتے مالِہ ژٕ کوٚت آکھ
تیٚتیہِ چھُہ وُدن یٚتیہِ چھِہ باکھ

○

فُری یاد یٚتیہِ چھی زٲری بوزان    حالات وُچھنس اٲنی روزان
فُرِ یاد ہِن زٕہوِ گنٛڈُ روزان    باعنوان شیر گرٕ منٛز کھوژان

○

یٚتیہِ چھُے شوٗنتس گوُرت ماگھ
ژٕ کوٚت مالِنِ ژٕ کوٚت آکھ
بٔنہٕ چھُہ وُدن یٚتیہِ چھِہ باکھ

# چھُ کیٛا پانس تام

○

بہٕ آس کتیٚہ نام نیٚنم کوٚتتام　　　　ہے پانس تام کیٛا سآیہ چھُم
یہ گوٚ آغاز ہہٕ گوٚ انجام　　　　ہے پانس تام کیٛا سآیہ چھُم

○

تقدیرس یہ گوٚ لیکھِتھ　　　　یہ لیکھِتھ تھوٚوُت کمہِ تام
یہ لیکھِتھ اوس تیٚہ لوٚگ ازتام　　　　ہے پانس تام کیٛا سآیہ چھُم

○

گہے اوسُس محل خانن　　　　گہے پھیران کوہن بالن
شہر کُنہِ اوس کُنہِ اوس گام　　　　ہے پانس تام کیٛا سآیہ چھُم

○

ییتھ کُن ژوٚک موٚدُر ژولُم　　　　بڑوٚ ہہٕ کُن کیٛتھہ پناہ ما چھُم
کرن کُس تام بہٕ ٹلی بدنام　　　　ہے پانس تام کیٛا سآیہ چھُم

○

نہٕ اُسن چھُم بہٕ چھُس کم پایہ　　　　یہ پھا سآ ٹلی ہے کُنہِ اوٚنمُت
لگن ؤنیتھو ہے کوٚ دِن یام　　　　ہے پانس تام کیٛا سآیہ چھُم

○

○

اُنہکارن بہٕ ونہٕ ڈولُس — ہے دوٗپ کرتاٮ۪یا تےٚ چھُس
ہے مُشروو سےٚ کرن وول رام — ہے پانس تام کیٚشا سأے چھُم

○

لَل آُس لولہِ اندر نمیٚے — دُچھان تھلہِ تھلہِ سو شٮ۪ونا بھس
تِمس پیتہٕ تھاآو کُنی ہش زام — ہےٚ پانس تام کیٚشا سأے چھُم

○

چھُ باغوانس یہٕ پانس تام — کلُو لاگنہٕ تہٕ سگہٕ ناونہٕ
پھولہٕ راون چھُ باغ کُس تام — ہےٚ پانس تام کیٚشا سأے چھُم

○

# نُنڈٕ رٲنٛشِس کُن

یٔٮ۪لہِ ییٚلہِ نب وۄل اُنٛڈی اُنڈی اۄبرَن
وُزملہٕ سٔنٛز کھاٗر رٔٹیہ زن قبرن
گگراٮ۪ہ اورٕ یور نٔرٹٕہ آسہٕ ٹیٔکرِن
تھٔرلیٚ والنجہٕ بلہٕ وپر گۄبٕرن
آلو ڈُینٛنمۍ نا نُنڈٕ بانے
انھٕ رۄٹ کۄرتھم ہی گونڈِ میانے

ناوٕلیٚ اۄلِنہٕ یالیٚ شاٹھس
ھمہٕ تُل انھٕ ترۄل پچیہٕ پھۄٹ ژالٹس
شٕدرس تار دِنہٕ اوم ییٚن والٹس
کیتھٕ واتہِ ناو ٹیاآژ وُنیتو گاٹھس
ناو واآژ گاٹھس نظرے چانے
انھٕ رۄٹ کۄرتھم ہی گونڈِ میانے

بیٚنیلِ میثوٗن من لوٚگ یالن چھالن
کھمبرِ بن کنِہن بیہھٕ پانٕژالن
وگلیتھ ہٕٹاسِتھ بیپسر وٚوتھ بالن
آس مٕژرووِ بیٚنیلِ شٕدرٕکی کالن

آلو دُبیٚنمیے ہے رلیٚشہِ مِیانے
اتھہِ روٚٹ کوٚرتھم ہی گوندِ مِیانے

ہمین بیٚنیلِ کھور یُپ زاہ زٕگتس
تھٕسرٕ لٔج اکِہ اکِہ سنتس بھگتس
روبہ خانہٕ لرِ پھیوٚر چھلہٕ گیہِ تخٔتس
میٚنتہِ دوٚپ یآر مِیانٕز گیہ ما ازدس
لُوٚلِس شوٚپ پھُم گرٕلِ نوس مانے
اتھہ روٚٹ کوٚرتھم ہی گوندِ مِیانے

لُس بیٚنتہِ زاونس چاہٕ پھا مرلس
زُٹ گرٕتھہِ موٗل وسہِ مُخمٔلی بھیرتس
موٗل چھُے پوشاں رُت کینِھہ کرتس
قدمن چانِہن لولا بِرتس

لولہٕ ہتہِ نُنٛدرٕ لیٚشہ مٛیانہِ گوسانے
اتھہٕ روٗٹ کوٚرتھم ہی گوٗندٕ مٛیانے

یٔیلہِ ززُر ژون باغس ہرون
لوگ گُلالن سوسن وردن
اکھ اکھ پلوش گو زردن زردن
سرَو پرَن زن فاتح موردن

باغوان زِنٛدٕ روٗد آشایہِ چانے
اتھہٕ روٗٹ کوٚرتھم ہی گوٗنٛدٕ مٛیانے

# مےٚ چھُم لول آمُت

بہٕ زن پہلگامس اندر چھُس بہِ ڈلیشان
منگُس لول یژھ انٛدٕ زن وٕٹھ چھُ پھیشان
چھِ یژھٕ ہمژ نہٕ زن کأنٛچھ ہژ لولہٕ مستوٗر
ٹھوٚکِھ داغ سینس گمژ از سیٹھا دوٗر

چھُ زن یژھ اکھا از مےٚ لی ونہِ آمُت
مےٚ چھُم ہول گومُت مےٚ چھُم لول آمُت

وَلو مُنزٕ ژٕلِتھ وتھ بہٕ کوٗژ چھِ آمژ
رِچھ نہٕ حوٗر کانٛہہ یاوِنس برٛونٛہہ ڈٕرامژ
پلن کُن بنٛن رونہِ دامانہٕ چھاوِتھ
پھیمِھ یہ کھتہٕ دوٗزِھ دوٗزِھ مےٚ کُن عزھاوتھ
لبدٕرِ گرٛکھ کھسِتھ کرکھ دِلس وار آمُت
مےٚ چھُم ہول گومُت مےٚ چھُم لول آمُت

نبن نیلہِ وول یان کوھو بیٹھ زمینس
ڈوگن لس بکر گو دِوان ڈنی تمکینس
پژرِھان نیب ئمٔشدٔ چھ زن آفتابس
نکِھن تارکن موسمس ماہتابس

مے ژٕہنتو سہ دِلبر چھُ کوٚت کور گوٗمُت
بے چھُم ھول گوٗمُت مے چھُم لول اُمُت

ولس منز چھ ون بارِ کستوٗری بولان
ییبأری کاوِ قمراہ بینٕ نوٚنت کھولان
ہوبأری بُلبُلو شوٗرُ تُل نالہِ لویکھ
گلو چاکھ دِتھ جامنے سینہ ہووکھ
لوٗ وٕنٕے شوق زن از چھُ بربکہٕ اُمُت
مے چھُم ھول گوٗمُت مے چھُم لول اُمُت

یہ لوت لوت شبنم واوِ گرأیا چھ پھیران
تہٕ یارن چھ زن بینہِ اتھہ جامہٕ شیران
چھ دِودار سرخم گرِتھ کیأزِ روزان
سلاما چھُ واوس اتھے زن یہ سوزان

سُہ واو یانہٕ وننے لوٗت لوٗت ژھٕ ڈرامُت
مے ژھٕم ھول گومُت مے ژھٕم لول آمُت

ھیاری بالہٕ پیٹھی یہٕ پرٕ ژھیوٗن اوٗبر لنگ
ژھٕ زن پرآری پرآری گومُت ازسیٹھا تنگ
ھیاری تے ییاری دِوان ڈٕنی ژٕو یاری
ییمٕ نا سُہ اتھٕ کُنہٕ ہیو یاری ییاری
سوٗرِتھ یی نیس بھیسرنے زن ژھٕ ڈرامُت
مے ژھٕم ھول گومُت مے ژھٕم لول آمُت

ژھٕ باعوان بانس اندر ازنہٕ پراران
لوِ مس چینس گیہٕ لوٗری آس داران
گلاب جامہٕ شوقکی ڈلیتھ بیٖیہٕ گلالن
کفن خونہٕ رٔنگہٕ مُت دِگ داغ ناوان

مے مس دِتھ سُہ ساقیے اما کوٗت ژھٕ گومُت
مے ژھٕم ھول گومُت مے ژھٕم لول آمُت

# ہوٚش خبردار

○

چھٔرا کُنہِ چھُہ نہٕ شنگر مالن
گٹہٕ زوٚل وُنہِ پھُٹی کوٚہن بالن
عبس ہتوٚلوسہ سہٕن شالن
یِنہٕ ساٚ انہِ گٹہِ جب اسہِ گالن

○

ژُرکھ مِیاٚنی بوٗزِ نو ہتوِ نو گوش
ہوٚش خبردار ہوٚش ھا ہوٚش

○

نٔیشرِ رے پیٚمتِ زٕن پھوِ مٔستی
عبس تہاوِ تو ساٚ یِنہٕ درِ لٔستی
گٔھستھے گرِ چھون بِہنہٕ بیٚنہِ ؤستھی
شوٚب کیا روزی یِنہٕ ژیے لٔستھی

○

میٹھرِ مٹھر پتہٕ مامیلی بوش
ہوش خبردار ہوش ھا ہوش

ٹیٹھرا تراوِ مِہٕ پھو پتھ پردن
شو بیا یتہ کتھ وُپرن مردن
مہار نیینہٕ یینہٕ ساٚ زالن وردن
ماٚنزِ نمن یینہٕ ساٚ لگہِ گردن

یاٚڈ یلہٕ پارِن دزِ یینہٕ اوش
ہوش خبردار ہوش ھا ہوش

تلہٕ ساٚ راتھ گُنڈ آسی تو شوبُن
تُور پتھ پھیرن کوچن کوچن
یینہٕ ساٚ تھپھ دِن یلون ٹوبِن
پلوٹرِ کسابن ترگن زوجن

ٹیٹھرِ پتہٕ مو ٹیٹھرے توش
ہوش خبردار ہوش ھا ہوش

○

موٗدرٕے میٖتراژ لوٗکن انٛنہٕ نٕے
ہوش خبردار کھوژ ساٲ کیٚنہ نٕے
بوے گژھِ دُشمن رٕنہٕ گژھِ چھیٚنہٕ نٕے
موٗسوم اتھن رٕنہٕ ییٚنیہٕ مینہٕ نٕے

○

ییٚنہٕ ساٲ تیٖشہٕ ھیٚوٕ کھارتے جوش
ہوش خبردار ہوش ھا ہوش

○

مایہٕ منٛین ییٚنہٕ مینہٕ کماہٕنہٕ ھاے
لولہ ہٕنٛین ییٚنہٕ رٕنٛہٕ برسلاے
دِیہٕ دُشمن ہٕشرٕ ییٚنہٕ لگہ آے
ماٲہم اچھ لگہٕ اشہٕ ددراے

○

اپزٕ ہارٕس ییٚنہٕ تھاوکھ گوش
ہوش خبردار ہوش ھا ہوش

○

○

ہآنکل کلُفا پنہٕ نِس وچھ ہے
تیٚلہِ کُس زٕل دِیہٕ منہٕ کس گژھِ ہے
رآچھ کرٕز چھم برآئنِس لچھ ہے
پوشس میوس کلِس تہٕ گچھ ہے

○

باغواںٕ اُچھنہٕ یکھ لوکٕی پوش
ہوش خبردار ہوش ھا ہوش

○

# وۄستادٕس کُن

○

اے مُدرِس پننہِ قومُک رہبرو غم خار ژٕ ے
افتاب چھُکھ عالمکُ ژٕ ے کاسہٕ وُن انذِ کارژٕ
ژیٚ بنأوِتھ کینٛہہ جوآہر کینٛہہ بنأوِتھ فخرِ قوم
وأقفِ رازِ دو عالم قِسمتُک سازِ گار ژٕ ے

○

ژیٚ کرِتھ آزاد مُلکن ہنٛدرِ مُلکِ ہم آسی غلام
اَزأدی برقرار تھاونُک تہِ چھُکھ ذمہٕ وار ژٕ ے
اِنقلابِ فرانس کیٛا اوس اِنقلابِ روس کیٛا
اِنقلابکُ سار یوٚز بوزِ اِنقلابکُ نار ژٕ ے

○

چھکھ ژٕ اِلفافک علمبردار امنک چھکھ وٚلی
ژیےٚ کرٕتھ منٕصِف تہٕ پیدا ظالمن کیٚتھ مار ژٕے
جاے بہٕنیم چھے ژیے بر بامِ فلکِ امامِ قوم
واے غفلت کیاژِ ژھانڈان لٔیتین منٛز عار ژٕے

کیاژِ گنٛزران چھکھ بٔن قسمتہٕ ژٕ تراوِسکہٕ ستی
لال تے موکھتہٕ جٔبرتھ چھکھ پاسہٕ سونہٕ کٕے ھار ژٕے
باغوان چھکھ باغِ وطنک جوئیہٕ نے برآب ژٕے
رنگ بوٗ دِکھ ژٕے گلن دِکھ بلبلن گفتار ژٕے

برتھا پھُم لو و کھاندرِ ژھانڈان

# امارِچ کھوٹھ

ییٚلِہ برتھا میٚثون بوزی شیٚپھِہ لِوٕ امارچی
پٔرون ٲنٛترِنہٕ دِل والیس تارِ لِوٕ انہارچی
بوزِ بیٚلِہ کمہِ شوقہ ٹوٗ بہار ییٚنہٕ چھِہ پاٚراوان پان
کوٚرِ چھِہ ارمانن وُتشِ بُگمٕژ تمِٕس ازلولہٕ سان

ییٚلِہ خیالس کش گُرِژتہٕ ژٕراوِ نظراہ دوٗر دوٗر
تاٚری دِلہٕ چھِنہٕ پھشِنٛے وتھی ژٕراوِ وُچھِہ بٔروہٕ ہٕ کینہٕ ہُوٗر
اتھ خیالس منٛز شُہ وُچھِہ اکھ عالماہ اکھ اَتھماہ
تارکن ہُنٛد فوج آسی ییٚنتہٕ نبس بیٚہِتھ بے پناہ

تارکن منز انتھ نبس پیوٚٹھ آسہٕ پرٛزلان کاتٕر زوٗن
چاکھ دِتھ پینہٕ لِس حجابس تھوٚر تمٕتھ سر نگوٗن
ماہ رویس پیوٚٹھ گرِتھ نظراہ سُہ گرُوٚچھ داغ ییوٚن
تسٕندِ محبت میوٚن پوز زان با اثر تسٕندِ راگ ییوٚن

ماٗنزِ راٗتٕر پیوٚٹھ گُل بدن بیٚنیلِ وِگنہٕ پاٗراون بنُن
بیٚنیلِ نٕٹس سازس ستارس جوش ہیٚن تم نوٚوانُن
بیٚنیلِ انن وِگنےٚ ژٕٹھ گوٚنہٕ مانہٕ تےٚ منڈُوس اندر
جوش یتھ روٚنہٕ گوٚڈ گنڈِتھ بیٚنیلِ ژرنہٕ لگہٕ گامُح سوٚندر

بیٚنیلِ بنِیس ڈالانہٕ سےٚ پیوٚٹھ آسہٕ نوٗ مبکھ ناٗر پیوٚتھ
گامہٕ گوٚنورا لولِ سان للہٕ وان لِلہٕ ہنٕز لولِ کیتھ
زوٗل ڈالانکُ وُچھِتھ اُچھ ناٹہٕ بیٚنیلِ تارکھ کرَن
لولہٕ ہتی دیوانہٕ پوٚنپرِ شمہن اُنٛدی گیتھ کرن

کرٛہنہٕ مازٕکر رنگہٕ پٲرِتھ جامہٕ ہیٚیلہِ بوڑٕ ناوِ گٔلیُ
مٲنزِ ڈُلہِ بے مٔشرٕ سو حوٚراہ روپہٕ اتھن ہیپھ کھارِ کلیٚ
رٕکینہٕ تمنشدِ لیشلہِ نمہٕ ہیپھ مٲنزِ پھیٚور یام ہیٚیہٕ ڈُسِتھ
کرٛہنہٕ مازٕکہ ژنگہٕ جامس داغ زن روزٕلس گھٔنِتھ

تتھ وُچھِتھ گرٕتس ژہنس ہیٚیہِ کرٛہنہٕ مازٕکُ داغ میثوٗن
ہیٚیلہِ محبت میثوٗن پوز زان بااثر ہیٚیلہِ راگ میثوٗن

روپہٕ اتھوے لیوٗنہٕ وٕلوٗگا بیتہِ ننس ژراوکھ ژٕ کھور
مٲنزِ نمہٕ ستی ژنگہٕ پھپکہٕ رنگہٕ رنگہٕ پھلنےِ ین ژو پور
وٕلوٗگ کیاہ زن آسہِ اسمانکُ یہِ نقشا کھوٚنہٕ مُتےُ
تارکن ہُشِد قافِلا زن سالہٕ اوتس اوٚ نمتےُ

پوٚر سرلیس کُن گرِتھ ہُتھ یام ویگِس ہیپھ کھتکھ
زوٗنہٕ منڈلِس تارکن مٔشر یانہٕ سیریا ہٕلپٕو آسکھ

مام کوچھ منٛز یام انہِ حوٗر ٹلٕی ٹارِ دِیہ نظر
لیے جسی ہُشر عالما طاًری گرٛ جس زن پا بہ سر
غیبر سوٗرِ سِپدِ لیکن کیاٗ مے پچھُم اتھ ستی کرُن
ناں مگروٕ بگس ڈُسِتھ ہتیہِ ہیٚیلہِ سُہ ہپتھ کُن کلہِ پھرُن

ژون کھورن ہُشہِ وٕلوگ مۆتھمُت ہیٚیلہِ باسس داغ یثوٗن
تیٚیلہِ محبت میثوٗن پوٚز زان بااثر تیٚیلہِ راگ میثوٗن

# ساٹنیٹ

## مرزا غالبس کُن منسوب

## وٲنگج وور

○

میاٲنِس وانٛگج وآرِس کٲرِ گرن کم ژنگ چھ گرِ ہنز

نعتیہ نگارو سینی پٲراوِتھ پرٛتھ انٛد لال نہٕ موکھتہ چھ بُرٛتہ

○

ییتہٕ کوٚہُٹ کم تصویر چھ لاگِتھ نبگلن بنٛیہٕ کو ہسارن ہیٛرٕ

ہُتہ لِبہٕ چھس تصویر بناوِتھ باغن منٛز ماہ یارن ہیٛرٕ

○

گرزٕ وٕنی بنیتہٕ دریاو چھ وسہ وٕنی داتان وُچھ یم شُدرس منٛز

ڈل نہٕ وولرِ اَنٛچار رُٹھِتھ پمپوش چھ للہٕ وان بِگرس منٛز

○

منٛز ونن ون حارِ چھ بولان طوطہٕ قمری وایان چھکہ ساز

کستورِ تے جل مس گٲمتی کوٚ زانن وانٛگج واریگ راز

○

وٲنِگ وٲرِس داوِ گُلِس منٛز کم کم از تام آہنٛز یور
کم کم ژٲنگی ژھٕنی داون ژھوریتھ واو از تام کس ڈرالٹ سُور

وٲنِگ وٲرِس آیتی کٲتیاہ ڈرامہتی کٲتیا پٔری پٔری وعظ
غٲبی غٲلِب ہیٚو ڈرٛاو کانٛژھا ییٚمی زون وٲنِگ وارِیک راز

وٲنِگ وٲرِس سیٚکہ مٲدانس گٔیتو از تام تچمٕژ دوٗر
غٲبی غٲلِب ہیٚو ڈرٛاو کانٛژھا ییٚمی زن سیٚکہ منٛز شٔرٛاوی کھور

# یہ چھا چُھون کِنہٕ میثون

یہ گوَ چھون عالم ہُہ گو میثون دُنیا
ہیو چھے چاٲنز کولہٕ ہین یہ گو میثون دُریا
ہُہ گوَ چھون جنت یہ گو میثون عقبا
ہُہ گوَ چھون سرحد یہ گیہٕ ثیاٲنز سیما

مساٚ وَن کُنِس عالمس منز سُہ کنہٕ گو
اکھ چھون عالم تہٕ بیاکھ میثون دُنیا

یہ گو چھون قران ھو گیہٕ ثیاٲنز گیتا
ھو گیہٕ چاٲنز بُولیا یہٕ گیہٕ ثیاٲنز بھاشا
یہٕ گیہٕ چاٲنز مسجد ہُہ گو میثون مندرا
ہُہ گو چھون بھگوان بنِن تیمُ مے اللہؑ

مساٚ وِن تمُہ ذات پاکن یہ کرِ دوٗن
مے زوٗ ٹُھمت چھُ قران تہٕ کمُہ ڈِ ی یہ گیتا

اما زاہ تہٕ چھا لولہٕ ہوٚت دِیہٕ ژٕوٚٹمُت
ژُھپو سیتۍ چھا کاآشہٕ زاہ یوٗپ ژٕوٚٹمُت
ژٕ وَن لورِ سیتۍ کاآشہٕ چھا واو ژٕوٚٹمُت
چھُ مسقرازِ سیتۍ کمیٚ سنا آب ژٕوٚٹمُت

مساٖوَن چھُ باآلِس لِشتی بوٚے ووہ پرِتھ
دیان از رتن ژٕنگ بیٚنوٚن بیٚنوٚن چھُ ژٕوٚٹمُت

ژٕوٚدِ شاآنز وسہٕ وِنزِ یہٕ چھا پیاآنز کِنہٕ ثیاآنز
تاپہٕ لے پیٹھ پزلونز یہٕ چھا چاآنز کِنہٕ ثیاآنز
ژٕونہٕ ہینز شیٚہج زٕژ یہٕ چھا چاآنز کِنہٕ ثیاآنز
رحمت تسنز رٕژ یہٕ چھا چاآنز کِنہٕ ثیاآنز

مساٖوَن چھُ ثیٹھُ کاشہٕ نہٕ پیمانہٕ عُمرٕ شُد
گرزٕ ھس باگنے کیشہٕ ہنا چاآنز سیٹھا ثیاآنز

باغس چھ ژنگہٕ ژنگہٕ پوش باغوانٚس
مُبارک ینٛن ژنگ چھُ یژھٕ کمٲژنہ پانٚس
مگر یژھٕ اکھا شوٗبہٕ اتھ مُشکہٕ وانٚس
برن شبنمٕ مس برابر چھُ بانٚس

مسآئ ون زِ ساآرے چھِنہٕ واوٕ گرایٛن
بران مُشکِ امبر زُلفن تہٕ پانٚس




چھُ ڈُدون از گوُمت زن ییتہٕ بہارس

پھولان زن سوٗر ازییتہٕ شالہٕ مارس

گوناہ روُستے سزا دیت ہَم مے قاضیو

ژے تہٕ لاگی خودا واوس تہٕ نارس

گُلالن رنہٕ بوُرت از کفن لوگ

ژٕ نظراہ تراو وُچھی اتھ لالہٕ زارس

یہ چھُنہٕ شبنم سوسن اوش چھُھ ژاوان

وُچھتھ کم گُل مے ڈُڑراوی مرگزاس

خطا کیا اوس ییمن موصوم پوشن

ژے کیا زِ ژروُوتھ ییمن ڈوُنھ منز بہارس

دیان نرگس مے گنزران گاش روُدم

پھٹان کمائیتاہ چھِہ پرتھ دوہہ ناوِ تارس

یمن .بور آیہ وتھ سُے نوٗرُی کُن زوٗل

سوٚندر اۭد پرٚارِہے کتِہ بالہٕ یارس

پنزٕ اغوا کرِتھ نیبوٗمُت چھُ کمی تام

ونان لیُس پورٚ کھسان سُے یِنہٕ چھُ دارس

باغوالنس رِچھنہٕ آسی گُل تہٕ بُلبُل

زلمان سُے گُل تہٕ سُے پرٚژان امارس ۔

# غزل

مے ونتم یارٕ کوتام روزٕ پٔراران
جُدائی منٛز اَچھو کنہٕ خوٗن ھاران

دِس ہیتی نمسکار کورٕ مے یارو
دم سوٗرِتھ کمِس بیٛتہِ کُس چھُ ژھاران

کوٚرُم کھورِ گھرِ نیبر پٔرتھ طرفہٕ باشیوٗم
چھُ آدم آدمس بے وابہِ ماران

اُشرِتھ مے موٚحبتھ بأے بۄنٛدٕتھ
چھِ بأے باین ہٕشُنٛدے ییٚتہ خوٗن ژھاران

منگس زن تار نراوہم آولہنس منز
مے ونتم کُس کُس ینیتہٕ کولہٕ چھُ تاران

چھُ وقتس کیاہ گومُت از کیاہ زِ بے باوے
ودان بُلبُل چھُ باغوان غوٗن هاران

# بوچھِ ہیوٗت شُرِ کین ماجہِ ہُنٛد

اُچھن اڈِ گونٹ اتھن واے اَم ماجی
کنن بھقوٗپ گوم آسَس ترامٛ ماجی
مے نےٚ گومٛت یہ زاہ از نام ماجی
مے واٲلنجہِ چھمُ گرٛھان کیٛاہ نام ماجی

دِنم بتہٕ پھوٗل مے بالس ژوٗرِ ژورٕے
وُچھم تھرٕتھرٕ مے چھم نا لاوِ موٗرے
بہٕ نےٚ ووٕنی زاہ نہٕ گنٛڈِ ھا دورِ دوٗرے
شُرِل کرنس مے لایم تُلِو موٗرٕے

ژےٚ چھےٚ نا کُنہِ بالس کیٛنہہ نہٕ لآرِتھ
یہِ ہیٛکہِ نا بابہٕ اکھ موٚہٹ نہٕ سآرِتھ
ہیکےٚ کیتہٕ اکھ دما ووٗنی بہٕ برٲرِتھ
ژھٹکھ نا باکھ پیتہٕ اولاد مآرِتھ

ژٕ ونتم وانہٕ پٕروٗنےٚ کینہٕ ژےٚ تھووٗتھ
سُہ کنہٕ ژوٚرٹ کاآنشہِ انہٕ ما ژورِ نیٛوٗتھ
ہےٚ سرِ لیٛنج چھم یہِ سرِما کاآنشہِ بلوٗتھ
ژُنہِتھ یی عزالبس زوٗ بیوٗن ژرووٗتھ

دِوان آسکھ مےٚ میٛوٗنز کھنڈ سُلہِ ژیری
بجیٛنہِ رژھ ھاکہٕ نل زن آس امیٖری
گلابگ ژنگ پلواوِچ آس سیٖری
دِتم ہوٚد ہوٚکھ از متہٕ کرتہٕ دیری

گلابُک ژنگ مے بدلُتھ کپسہٕ پوشس
اما بالس یہٕ گوٚونا زاہ نہٕ گوشس
ھتے مأج کیاہ ژےٚ گوے اولاد جوشس
ژےٚ سینٛکُ شرٕہ کھوٗتُھ موسوٗم پوشس

دیان آسکھ تھوٗدا پھُٹنہٕ فاقہٕ ساوان
ﺳُﮧ پھُٹنہٕ موسوٗم آسن باکہٕ دیاوان
سُہ ما ازمس گژھتھ کُنہٕ باغ پھاوان
پھُ نیٚشدرے نتہٕ پھِہن ما ووزِ ناوان

بہٕ دِمہٕ کرٕکھ ہوٚٹ ژٕٹھ ازلوکہٕ چارس
مے اولےٚ ییٚلہٕ ہرُد ژاو مشٕر بہارس
دَزان چھُم دِل پھِ رٕتہٕ زن یأش نارس
شفأتمی شُد چھُ کِتہٕ ازدگ بیمارس

دلِپُس مأسوم بوچھِ ہوٚت کرٕکھ دِوان چھُ
سماج پننُے ییمِس ییتیہِ دوکھ دِوان چھُ
نِظام اُزی کُے مے لاَدِس لوٗکھ دِوان چھُ
جِگر بوچھِ نارٕ زاَلِتھ ژھوکھ دِوان چھُ

باغوانَس دِلس چھےُ ژوٚر ژامُت
تِمِس چھُنہٕ کرٗوٚر طمہکُ بلوٚرٕ اَمُت
مےٚ باسان شر تِمِس چھُنہٕ بلوٚرٕ درامُت
نِتےَ وُچھِہیم زُزرکِنہٕ چھُم مے ژامُت ۔

# غزل

پننٕہ مأنزِ نم لوکن گرٕتھ نہٕ ناوِنٕ
پزِ یا غمأرن پننی رازٕ باوِنٕ

ژٕ اُطلاس جامٕنے چھکھ گرأیہ مارانٕ
خبر چھےَ نا ژٕہے آخر یێتی چھِ ترٛاوِنٕ

ژٕ سونتس منٛز گُمرٕ چھکھ مس گلاٰبن
ہرٕدٕ بیتہٕ چھی ژٕہے سوسن پوش چھاوِنٕ

اپزٕ پوٚز پانٕہ پرکھاوِتھ ہیکھ ژٕے
دِنگ چھےُ اَزٕ یا لٕنس تاپٕہٕ ناوُن

لگےَ مأنزِ کھورِ کرٕکھ یِینہٕ برٕہٕ نبر زاہ
نیٚشرِ ژھٹہٕ پکان چھےٚ موتہٕ واوِنۍ

کران سأرۍ چھِ انہٕ روٚٹ پأٹۍ پالس
ژےٚ چھِ بلی رِشتہٕ دار ھاوِنۍ تہٕ باوِنۍ

ژےٚ ژِچھ ژِچھ ہتاوِتھ آسی بزرگو
ہیٚتِس تم موکھتہٕ ھار ازچانۍ راوِنۍ

ژٕ گرتھ ون بانوالس پنٕنۍ پأٹھۍ
رُوِتھ گُل پننہِ جایہ چھی ژےٚ نہاوِنۍ

